مُصنف :۔ ———— موتی لال ساقی

کتابت :۔ ———— معراج ترکوی

سرورق :۔ ———— مسعود حسین

وُری :۔ ———— ۱۹۸۵ء

تعداد :۔ ۱۰۰۰

چھاپ خانہ :۔ جیکاف پرنٹرس سرینگر

مول :

ایڈیٹنگ :۔

قاضی ظہور

کاشُر ڈیپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی سری نگر

# ترتیب

# حرفِ اوّل

کاشُر ڈپارٹمینٹ چھُ پننِس بیسک بُک (بُنیادی کتابہٕ) پروگرامس تحت طالبہٕ علمن تہٕ وِدِستادن ہنٛز دٔرسی ضٲورژن پورٕ کرنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ اہم موضوعن پیٹھ بہلہٕ پایہٕ قلم کارن اتھہٕ کتابہٕ لیکھناوان روُدمُت۔ یِمو منز بیشتر اَزتام ڈپارٹمینٹکہ طرفہٕ چھاپ کرنہٕ آیہٕ۔ زیرِ نظر کتاب چھیہٕ اُمی ہانکلہٕ ہُند اکھ کوٗر۔ یہٕ کتاب چھیہٕ موتی لال ساقی صابن سانہٕ فرمایشہٕ پیٹھ تحریر کرمٕژ۔ ساقی صاب چھِ واریاہن کتابن ہِندی مُصنف۔ یِم چھِ شاعر، ادیب، مُحقق تہٕ تنقید نگار۔ یِہنٛز شارِ سوٚمبرنہٕ "مَن صَرٕ" پیٹھ چھُ یِمن ساہتیہ اکادمی ہُند قومی اعزاز تہٕ میوٗلمُت۔ بہٕ چھُس یِہنٛد شُکرگُذار زِ یِموٚ تھوٚو سانِس وَننس کَن تہٕ یہٕ کتاب لیٖچھکھ۔

میہٕ چھیہٕ وُمید زِ یہٕ کتاب کرِ سانین طالبہٕ علمن ہنٛز ضرورژ پورٕ تہٕ تِمن لگِ اہم نثری صنفہٕ (ناول) ہنٛز ٹیکنیک تہٕ اَکی باپتے لوٗازم زانٛنس منٛز اَمہِ سِتۍ مدد۔ کاشر ناول چھیہٕ وُنہِ تھٔدِ پھوانے اُمابہٕ وُنہِ ہس منٛز چھیہٕ میہٕ کانٛہہ لیس وِشِش زِ کم عمری باوجود چھیہٕ سانیو لکھارِیو کیٛنہہ رۄژٕ ناولہٕ تخلیق کرمٕژ۔ میہٕ چھُ یقین زِ یِمہٕ کتابہٕ سِتۍ بڑِ سانین نوجوان لکھارین تہٕ ناول لیکھنُک شوق۔ تہٕ سانین طالبہٕ علمن تہٕ تألیمی ادارن منٛز کاشرِ ناولن والین وِدِستادن ہِندِ خاطرٕ سپدِ یہٕ خاص طورٕ مفید ثابتھ۔

ڈاکٹر محمد زمان آزردہ



۱۷، مارچ ۱۹۸۴ء

# ناول

## پۆت منظر

ناول لفظُک آگُر چھُ اطالوی پتہٕ تتہِ چھیٚ اَمِچ صوٗرتھ ناوِلا (NOVELLA)۔
اَتھ زبٲنۍ منز چھُ اَتھ لفظس موٗختصر ڈیٚل یا شۆقہٕ۔ واقہ بیتر مانے ییٚس کانٛسہِ ناودار شخص کُن منسوٗب آسہٕ۔ لاطینی زبٲنۍ منز چھیٚ ناولہٕ ہٕنز ابتدٲیی صوٗرتھ پکارِ سکیوسٹرکن (PICARESQUE SATRICAN) تہٕ گولڈن آس (GOLDEN ASS) مانٛنہٕ یِوان۔ پکارہ سکیوہٹرکن چھیٚ پیٹرونیس سٕنز تخلیق ییٚس گوڈنچہِ صدی (عیسوی) منز وُچھنہٕ چھُ۔ "گولڈن آس" اَچھ دۆیمہِ صدی (عیسوی) منز اپولیس۔

گیوڈنی بوکیشیو ہٕنز "ڈیکیمرن" چھپیہٕ ۱۳۴۸ء منز۔ یہ کتاب یۆدوے موٗختصر ناولو کھوتہٕ زیادٕ موختصر افسانن ہٕنز سۆمبرن چھیٚ مگر اَمہِ کنہِ باوجود چھیٚ اَتھ پنٕنۍ اہمیتھ۔ یہ کتاب چھیٚ ہیٚتہٕ سٕتۍ لوگ نثری فکشنچ فنکارانہٕ ترقی وُتش تہٕ تخلیقی نثرن ہیوٚت ہٕنہٕ ہٕنہٕ کاڈ کڈُن۔ اَتھ سِلسلس منز چھُ دۆیِم ناد بنڈیلو سُند۔ بوکیشیو سٕندی پاٹھۍ اوس بنڈیلو تہٕ اَلی ہٕند رۆزان دوٚل۔ شُراہمہِ صدی منز آسہٕ اَدی سٕندی تحریر ساری یوٗرپس منز سیٹھاہ مقبوٗل۔ یِمَن دۆن تخلیق کارن ہٕندیو تحریرو کوٚر پرن والین ہٕند مزاج تامیر کرنس تہٕ تِمن اندر نثر پرنک رَغبتھ پادٕ کرنس منز باڈُن لایق رول ادا۔ مگر اَمہِ کنہِ

باوجود تہ رُود ناولہ تخلیق تہ تحریر سپدنگ رفتار واریاہ سوٗت۔ دُنیہِ ہیچ گوڈنیچ
عظیم ناول سروینٹس سنز "ڈان کویک زوٹ" چھپیہ ۱۶۰۴ء منز سپینہ لغوٗلہِ
جے بی پرسیٹلے چھیہ "ڈان کویک زوٹ" مغربی ادبک شاہکار تہ گوڈنیچ جدید ناول۔
امہ ناولہ ہنز بُنیاد پیٹھ آو امہِ پتہ واریاہ کینہہ لیکھنہ مگر امہ ناولہ ہند ز واریاہ پہلو
چھہ وُنہ تہ جور رودمت۔ اتھ ناولہ چھ تولولہ عام باگہ آو تہ چھ اتھ اوستادک درجہ
بخشنہ۔ سروینٹس پتہ چھ شیکسپیئر شاید سُہ واحد شخص ییمہ زیادہ کھوتہ زیاد لوکن
ہند توجہ پانس کُن چھیڑ تہ یکیاز یِم دوشوے عظیم فنکار وُوِر نۄن ہند فرہنگہ فرانگ
تہ وۄدنہ ژھانڈنک بھرپوٗر سامانہ فراہم۔ اتفاقہ کینہہ چھیہ یِم دوشوے
شخص گئے ۲۳، اپریل ۱۶۱۶ء منز ییمہ عالمہ۔ مگر یہ بیان چھ تصورک صرف
اکھ روخ۔ امیک دۆیُم روخ چھیہ دلیلہ، تمثیلہ، داستانہ تہ قصہ ہنز سۄ
رلوایتھ یُس ناولہ ژاپہ دِیٖچ بنیاد بنیہ یہ۔

آدن کالہ پیٹھے چھ انسان دلیلہ بوزنک تہ بوزنک شوقین رودمت شاید
تہ بیٹھ بیلہ تواریخک دور شروٗع تہ اوسہ سپدمت تہ انسان اوس نیتھ نوٗنے
گوپھن تہ غارن منز روزان۔ دلیلہ بوزتھ چھ انسان من ژھانٹ ژھانڈان تہ وۄدنک
بور لۄتراوان تہ دلیلہ بوزِتھ چھُس پیپہ فراغتھ ہش گژھان تہ سوکون لبان۔ ییتھ
جایہ واقعاتھ بُنہ زندگی سِتی واتھ کھوان چھس باسان باسان چھُس زِ یہ کینہ ژاہ وُنہ آمت
چھُ تہ چھ میونے بیان تہ ییتن واقعاتھ پانس سِتی واتھ کھوان چھسہ تتن چھُ
دلیلہ نِش سبق حاصل کران تہ ییتھ پاٹھی چھیہ دلیلہ تفریحی مقصدس لر لۄتہ اکھ تاثیری
تہ تاثیری مقصد پوٗرکران۔ دستو شراہن لیچھ "پنچ تنتر"
یتھ دُنیہ کس داستانوی ادبس منز اکھ پایہ لوٗڈ رونتہ حاصل چھُ۔

ڈیلہٕ ہترنگ تہٕ ڈیلہٕ بوزنٕچ یہِ اَزلی خاہش موجہ چھ زانہہ تہٕ۔ اَمہِ تہٕ چُھ اَتھ زِندٕ چِھ،
نوبہٕ ڈیلہٕ بوزتھ اَسانہٕ اَنگین گرشان تہٕ سپنگ یور لوٚتہرِ وان۔ ڈیلن شوق تہٕ سان کُن
دارنگ اَمارچھ وُنہٕ تہٕ ساہن گامن منز زِنہہ۔ اَز تہٕ بیٚلہٕ ریڈیو، بانی، وی، بچھ اسماعیل میر
کُنہٕ داستانس پَن چھ ٹلان۔ گامن منز رودرن ونگار نِکر، مرد کھوٗ زنانہٕ چھیٚ ترووِتھ
گُمرِکھ کُمن دارِکھ بوزان تہٕ پرِتھ موڑکی بیٚنہٕ چھہِ واقاتو موجوب تہنٛدِ تجنیک رنگ
بدلان۔ ژٕ بجی پتہٕ شاہ وُری بردونہہ اوس گرن منز مثنوی بوزنک زبردس رِواج۔
کیٚنہہ گرِی تہٕ داستان گوٚ آسہ گامہٕ گامہٕ پھیرتھ ماگین گِندرن تہٕ کرِتھن واژن پُرہبار تہٕ
دِلکش بناوان۔ وُنہٕ تہٕ چھ دورِ دراز گامن منز ہتہٕ بیتہٕ اَہمہٕ کینہہ گرِد نظر گژھان۔ گود
ہم چھِ ووٚنی اَمہِ قبیلکی آخری نمائندہٕ۔ اَمیک مطلب چھنہٕ ہرگز تہٕ یہِ زِ کیٚنہہ بوزنک
شوق گیا چھن مرِتھ، ہوٚ تمت شوق موجود چھ، بلکہ شہر لوکن شوق بجا اَتھکی وسیلہٕ بدلنس
سیتی گوو یِمن وسیلن منز ہُر یہٕ اُتھس رول بردونہہ کالہٕ کیٚنہہ گوڈنِمہ اوس دالان سہٕ رول
چھ ووٚنی ریڈیو، ٹی وی، سینما، ویڈیو، ناولہٕ، اخبار تہٕ رسالہٕ بیتر شمہٕ اَنہِ واتنادان۔

اَمہِ قدیم رِواجک بیاکھ پہلو اوس بیٚن اندر کتھا وَننک یہ چھ۔ ہیٚنہٕ پاٹھی تہٕ
اوس بردونہہ کالہٕ گرن اندر رامائن مہابھارت تہٕ پوران بیتر واژن منز ہیٚتہٕ پرنک
رِواج۔ مگر خاص کتھ آس یہ زِ بیٚن ہرگاہ کانہہ زیٹھ بُڈ مران اوس تَس ثواب
داتناونک نادِتھ اوس گورو جی دہہ دوہس شانن کتھا وَنان، یتھ مرن واجِ ہندِ
گرواکہٕ۔ انگ آشناو تہٕ حق ہمسایہ کن داریتھ بوزان آسہ۔ اَتھ موقعس پیٚٹھ یِمہ
ڈیلہٕ یا کیٚنہہ وِکھتاو پٕ آسہ پوان، اَوسطوری رنگ آسہٕ باوجود اوس یِمن منز
اَخلاقی تہٕ سماجی قدرن ہند پہلو نوٚن آسان۔ کتھا پِہنٛدِ برکتہٕ آس گوڈ اَنزار
ماتم داری ہندِ [illegible]

تہٕ لۆر اخلاقی تہٕ سماجی قدرن ہُند پرچار تہٕ پیدان تہٕ اکھ تباہی پتہٕ تہٕ بیٚیہ مقصد ادس پوٗرٕ سپدان۔

ڈٲلین، تمثیلن تہٕ داستانن ہُند رِواج اوس یِتھ کالہٕ مغربی دُنیہس منز تہٕ ییٚس ییٚتھ۔ تیٚتہٕ تہٕ آسی لوکھ الاوس اندی اندی یِتھ کینہہ گرٕن تہٕ ڈٲلہٕ گرن کٔن دارِتھ لمین گژھان۔ کینہہ گوٚر اوس پوٗرٕ فنکاری سان اکس پتہٕ اکس داقس پتہٕ تلان یِتھ بوزن والین ہنز دلچسپی قایم روزِ۔

مشہوٗر کتھ پٔتِس یِتھ کالِہ مغربس منز یہٕ منظوم داستانن ہُند رِواج۔ تیٚتہٕ تہٕ اوس ڈٲلہٕ گوٚر سفرس اکس اسوٚنہٕ پسند یِمہٕ پاٹھی بوزن والین کوٚ رٔٹھ یا پتہٕ کینہہ وون دوان تہٕ تکرارس کام ییٚتھ ڈٲلہٕ یا داستانس بروٚنٹھ کنہٕ دکھ دِوان۔ یتھین موقن پیٚٹھ یِمہٕ ڈٲلہٕ ہینز دتہٕ آسہ لوان تمن ہند نالٕو اوس یونان، روم تہٕ BYZANTINE سیٚتہٕ۔ یِمہٕ ڈٲلہٕ اکہ جایہ پیٚٹھ بیٚیِس جایہ واتناونس منز کوٚر تمہٕ تہٕ سوداگرو، بابارِیو جلایہ وطن کمرنہٕ آمتیو لُکو یہٕ مُبنعو اکھ اہم روٗل ادا۔ یِمہٕ قصہٕ تہٕ ڈٲلہٕ بنیہٕ اتھ زمانس منز مغربی دُنیہس منز مرُوج تہٕ مشہوٗر آسہ تمن منز اکس نٲوٗ چھُ ہتر ڈٲل" "عجیب سفر ڈٲل" تہٕ سکندر سُنز داستان شامل تہٕ یمن سارِنیٚ ڈٲلین اوس قبولِ عام حاصل۔ یِمہٕ ڈٲلہٕ تہٕ قصہٕ آسی اکِہ تِتھ تہذیبی سفرچ میٚلہٕ کینہہ بکت پتھر دمنز حفظ یاد یِتھ کنہٕ روز مرہٕ اس۔ ییتہٕ وادٕو وریٛن اوس یمہٕ ڈٲلین تہٕ قصن ہند اکھ انبار یکجا گومُت نیٚس ییٚتہٕ والین نسلن ہنز وراثتھ بنیو۔

کینہہ کال گژھتھ رٹ داستانن ہنز جایہ سفرنامو، رومانی داستانو، سمندری قزاقن ہندیو افسانو، ہزلی ڈٲلیو تہٕ فرضی کتھو لٲجہٕ۔ یمن لیکھہ ذاتن تہٕ رۄد فراقس [illegible]

لوٗگ فرانس بیتر منز زیٛری یٮ۪ہن فروغ ہٕ کیاز اوٚ تام آسہٕ لوٗکن ہیٚن چیٖزن ستۍ دلچسپی پاد گٔمژہ اما پوٚز ہیمہ لیکھہٕ ذاتٕژ آسہٕ یوٗنانی تہٕ لاطینی ادبس منز گوڈے تھٔنہٕ یٚمژ۔ یِمے چیٖز بنے یِتھ ادبی گرٛٹس بُنیاد یِتھ ناول ناو ییوٚو۔ یوٗرپس منز آیہ گوڈنِچ ناول سدائہمہ صدی ہِندِس آدنکالس منز لیکھنہٕ اما پوٚز ارداہمہ کنوٗہمہ صدی تام آیہٕ انگلستان، فرانس، جرمنی بیتر مُلکن منز کاہہ شاہکار یا اہم ناول لیکھنہٕ۔

ارداہمہ تہٕ کنوٗہمہ صدی منز دراے انگریزی ناول سیٹھاہ برونٛہہ تہٕ سارۍ سۍ یوٗرپس منز گوو امیک چرچہ۔ رچارڈسن، فلیڈنگ تہٕ سڈنی تہٕ یِمن پتہٕ تھیکرے تہٕ ڈکنس بیتر، یِمو سارِوے کھول ناولہٕ ہیٚر تہٕ اَتھ گوٚو اکہ مکمل ادبی ذاتٕژ ہُند مقام عطاہ۔ کنوٗہمہ صدی ہِندِس منز کالس سام ہیوان چھُ جے۔بی۔ پریسٹلے لیکھان:-

"۱۸۴۰ء پیٚٹھہ یدلیو زمانک مزاز تہٕ نوٚو مزازہ اوس پرانہٕ ادبی مذاقہٕ نِش دکھہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لوٗکھ آسۍ کیٚنژاہ پرٛن کیٛت ژھاران تہٕ یِمن لوٗکن منز اوس تمَن زنانن ہُند یوٚڈ تیداد شامل یِمن ہُند تالُق مُنز طبقن زنانن ستۍ اوس۔ یِم پرٛن وٲلۍ آسۍ تہٕ ٹینس پانس ادبکۍ لوٗکہٕ دان تہٕ طالب علم گژھن راوان۔"

ادبی مزازس تہٕ مذاقس منز اَمہ تبدیلیہ اَنۍ ناول بارسس تہٕ زولا تہٕ ڈکنس ہیوٚو ناول نگار وٚہیوٗت ہفتہٕ وار تہٕ رٮ۪تہٕ وار رسالن تہٕ اخبارن منز لیکھن۔ جریدن منز آسہ یِہنز ناولہٕ قسط وار چھپان ییٚمہ کِنۍ ناولہٕ پرٛن والین ہُند طبقہٕ وارہٕ وار بڑان گوو۔ ناولہٕ برونہہ پکناونس منز یِیتہٕ فلابیر، زولا، یا بزاک، ڈکنس بیترِ ہمیشہ اَمہِ فنکی تھوٚنگی پِن گژھن راوہٕ نتہٕ چھِنے پیہ تہٕ اکھ حقیقتھ زِ ناولِ ٹیٚس واتٕش روٗسی اَدیبن تورگنیف، داستوئیوسکی تہٕ ٹالسٹاییس نِش کوٚڈ شہ چھُ پریتھ لحاظہٕ یادگار تہٕ ییلہٕ تہٕ ناولہٕ ہند ذکر سپد روٗسی ادیبن تہٕ روٗسی ادبک ذِکر کرنہٕ روٗس واتہٕ نہٕ کُتھ اَندر تہٕ

یِمَن فنکارن ہُند ذِکر سپد ہر ہمیشہ قدرِ پتھ اِختصار پٲٹھۍ۔

ناوِلہٕ متلق یِتھ کتھ پیٹھ دِیُن چھُ مُناسب زِ ناول چھیہٕ اَسہِ مغربک دیُت تہٕ ہندوستانکس یِتھ کلاسِک ادبس منز چھیہٕ ناوِلہٕ ہنز ذاتھ ہُند کانہہ چیز درینٹھ یوان۔ بھان ہنز "کادمبری" تہٕ سُبھاندھو سُند "واسودت" ناوِلہٕ ہندِس داٸرس منز اَنہٕ گوٚو ہندِس تہٕ ہوٗنس ہاتس کرٛتھ۔ دراصل اوس سنسکرتس منز ڈراما ورٲے نثر لیکھنک سِلسلہٕ کم رِواج۔ شاید چھُ یِوے وَجہ زِ ڈراما تہٕ شاعری ورٲے چھیہٕ جمالیاتس پیٹھ لیکھن والیو سنسکرت عالِموَ بیٚیہ کانہہ ادبی صنف لطیف فنن ہنز گرٛنزِ منز اُذ ہرٛش۔ یہ صوٗرتِ حال چھُ بروٚنہہ کالہٕ انگریزیس منز تہٕ اوسمُت۔ کانہہ تہٕ منظوم چیز اوس تُو تمام ادبک حصہ یِوان تمام تہٕ یہ رَد ہیٚیہ ہیے کرِتھ۔ ناول نگارٕ سُند لیکھُن اوس گوڈٕ ادبس منز ہُربر مانِنہٕ یوان۔ وودی ہرگاہ شہ تخلیق کار مانِنہٕ تہٕ آیو تِمند فن دیٚرٛھناوِنہٕ بدل اوس ناوہٕ ہنس پیٹھے کتھِ اَندبوٗرٕ یوان دِنہٕ۔ چنانچہ پرٛیسٹلے چھُ لیکھان:۔

"اُزکس دورس منز تہٕ چھُ مختلف ملکن منز چھپن والین سنجیدٕ اخبارن تہٕ جریدن تہٕ خاص کرِتھ انگریزی بولن والین ملکن ہندین جریدن بیترِ اندر شاعری، ایسے، تواریخ ذات نامہٕ بیترِ کھوکھلاوِتھ زیرِ بحث اَنہٕ یوان تہٕ یِمَن چیزن پیٹھ تبصرٕ چھاپنہٕ یوان اما پوز جدید فکشن (ناول) چھُ بیٚیٹھی پیٚٹھی منٛاوِنہٕ یوان"۔

یہ صوٗرتھ چھِنہٕ مغربس تامے یوت موجوٗد بلکہ چھُ مشرقن تہٕ یہ اثر قبوٗل کوٚرمُت، مشرقی رسالن تہٕ جریدن منز تہٕ چھیہٕ جدید فکشنچ کتھ ڈٲٹھ پھسرایہ سستی ہنگلاوِنہٕ یوان۔

سو خاص ادبی صنف یوسہٕ گرٛھکِ اعتبارٕ ناوِلہٕ ہندِس داٸرس منز چھیہٕ

بلوانہٕ وارٕ ہندوستان گنوٚ ہمہِ صدی ہِندِس دوٚہمِس اَڈس دوران تمہٕ ساتہٕ ییلہٕ مغربکس اثرس تحت علاقٲیی زبانن منز نثر لیکھنس ڈسلابہٕ کرنہٕ آو۔ گوڈٕ گوڈٕ رٕود نثرٕچ داییرٕ صرف کارٕ گزٲری تامتھ موجوٗد ییتھ انگریزن یتھ منوٚرٕو وزٕ پوٗرٕ سیدٕ ہن۔ انگریز مشنری کوٗر ہندوستٲنی عالمن سیتہٕ اکہِ وارٕ بایبلہٕ کیٛند ترجمہٕ مروجہٕ زبانن منز۔ یمہٕ کس نتیجس منز ووت جدید زبانن اندر اخبار نویسی، پرچہٕ نویسی، عدالتی کاروٲیی تہٕ سنسکرت شاہکارن مقٲمی زبانن منز پھیرنس دس وٕوتھ۔ امہٕ پتہٕ گوو انگریزی ناولن ہندوستٲنی زبانن منز پھیرنُک سلسلہٕ شوٗروٗع۔ انگریزی یتھ خاص تھنگ یہ سلسلہٕ رٕود مختلف طریقو چلان۔ کیٛنہٕ جاییہٕ آو سیدٕ سیوٗد ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ کیٛنہٕ جاییہٕ آیہٕ کانہہ کتاب بُنیاد بناوِتھ نوٚو کتاب لیکھنہٕ تہٕ بلہٕ ژھوٗرٕ ہندِس طریقس تہٕ کام ہیٛنہٕ۔ یتھ پاٹھی گوو طبع زاد ناولہٕ لیکھنہٕ باپتھ ہوا تہٕ ساز گار تہٕ وارٕ وارٕ ووت کارگر تہٕ ارتہٕ نثر تخلیقی نثرکس درجس تام۔ یتھ پاٹھی گوڈٕ ژینہٕ وٕن چھیٛ آمٕتہٕ دِنہٕ زٕ ناولہٕ آیہٕ مغربہٕ پیٛٹھہٕ مشرق۔ امہٕ مندٕ ورٕ ہند گرتھ چھُ خالص مغربی تہٕ ذاتہٕ ییتھ مغربی فنکارو ناولہٕ ہندِس صورتس منز ووٚجوٗد بخش۔ سہٕ گرتھ پایہٕ نوو ہندوستٲنی لیکھن والیو فرق روٗز صرف یہے زٕ تمو کوٚر مندٕ ورٕ تامیر کرنہٕ باپتھ مقٲمی مسالہٕ استعمال۔

ناول ہندوستان واتنُک گوڈنیُک ذٔریہٕ اوس انگریزی۔ انگریزی یس منز چھُ باقاعدٕ ناولہٕ ہند بانی کار سمیل رچاڈسن (۱۶۸۹ء - ۱۷۶۱ء)۔ رچاڈسن اوس اکھ کامیاب پبلشر۔ ییلہٕ سہٕ امہٕ کامہٕ نش سبکدوش نیٚپد تس وٕون دوٚیمو پبلشرو گامن منز روزن والین ہندِ باپتھ چیٹھن ہنز اکھ سوٚمبرن لیکھنہٕ باپتھ یوسہٕ عام انسانن فکرٕ ترووٗنی آسہِ۔ امہِ سیتہٕ آو تس چیٹھن ہندِس صورتس منز فکشن لیکھنُک خیال۔ کردارن ہندی انداس تہٕ خیالات امہِ طریقہٕ باوٕنی اوس وکھ تہٕ غار

حقیقتہٕ پُنداہ۔ گوڈنیتھ لیچھ تمۍ اکھ طرزس پیٹھ پمیلا (نیکی ہُند پھل) تہٕ پتہٕ چھپیہ تیتھۍ شاہکار ناول "کلریسا" ۱۷۴۸ء منز۔ تیتھۍ باگہٕ بڑ مگر کم مقبول ناول "ہسٹری آف چارلس گرینڈی سن" چھپیہ ۱۷۵۴ء ئس اندر۔ رچاڈسنس یوسہٕ مقبولیتھ گرِ تہٕ پرِ باگہٕ آیہٕ سہٕ چھُ ادبی تواریخُک اکھ دلچسپ باب۔ جذبات نگاری آدم بیزار پارسائی تہٕ جنسی سادیت ہندۍ یم رنگ رچاڈسن سنزن ناولن منز درینٹھ چھِ یوان تمو رنگو نیو زمانہٕ ڈیتھ۔ یم رنگ آے زمانس براہ تہٕ سہٕ آو پننہٕ دورُک عظیم ناول نگار مانہٕ۔ یوٚدوے ہیندِس عظمتس متلق تمہٕ دپنچ رائے زیادہ کالس ڈنجہ روزنہٕ مگر فکشنس پیٹھ یُس اثر تمۍ تروو تمیک بسر بہٕ روٗدتس پتہٕ ہتس ورِ ئیس براربر چلہٕ وُن۔

ناول اُدِ صنعتی تہذیبن بارسس۔ چھپائی مُروج سپدنہٕ کوٚر ناولہٕ ہندِ پھبنہٕ باپتھ مادان ہموار۔ تالیم گیہٕ عام۔ اخبارن تہٕ رسالن ہندِ برکتہٕ گوو پرن والین ہندس تیداد س منز باگہٕ بوٚرت ہُرہٕ، پونسہٕ گوو عام تہٕ کتابن ہنزِ خریداری باپتھ گوو بازر کھرٕ۔ انسان ہیوٚتن تنہائی لپسند سپدن تہٕ تس سپیز اکہٕ تیتھِ چیزٕچ ضرورتھ موسوس یُس سہٕ الگ پاٹھۍ پرِتھ ینَن من رٹنہٕ ناولہٕ تہٕ یہٕ ضوٚرورتھ کوٚر ناولہٕ پورہٕ، تہٕ کیازِ ناول چھیہٕ بذاتِ خاموشی سان پرنک چیز تہٕ اکھ چھنہٕ بوزن والین ہنز ضوٚرورتھ۔ بقولِ ڈاکٹر قمر رئیس " مینیتی دورُن منز راۓ آزادی، ادسوٚدگی تخلیقی تہٕ میہنتکی گرتز روٚس دروازہٕ۔ بیرونی طاقتن ہتی راۓ کھا تگی تیزی سان لرپھرن درِ۔ عُلم تہٕ آگہی ہندو نوٚین ڈیکوٚتچ انسانہٕ سنز سماجی تہٕ تہذیبی زندگی منز نتیجہٕ ووسہٕ دروس تمیک اکہٕ بر وۄنٹھ میس سماجس منز تصوٚرتہٕ اوسپہٕ۔ انسانس تہٕ سماجس نوٚین رشتن، فردس تہٕ سماجس درمیان

ہیُوِ پٔٹھ کھولہِ مکمل باوُژِ بل بخشنہٕ باپتھ آیہ ناوِل بارسس" اَتھ کتھِ چھُنہٕ کانہہ شکھ
زِ دوٚیمہِ ادبی ذارٕ تہٕ چھیٚہ زندگی ہُند کانہہ نہ کانہہ رنگ۔ پرون چھُ گوڈٕ انان۔ مگر ناوِل
چھیٚہ زندگی ہِنز سومُنزلہِ کوم کرنچ عمل۔ ناوِل چھیٚہ زندگی ہنز مکمل باوتھ۔ بلکہ روزِ
یہ وَنُن زیادٕ جان زِ ناوِل چھیٚہ بذاتِ خود زندگی شرط چھُ ناوِل آسہِ پزی پاٹھی ناوِل۔
شاید چھُو اوَے کیٚنہ فیلڈنگس وَنُن زِ ناوِل چھیٚہ نثرس منز انسانی زندگی ہُند
رزمیہ۔ یِی چھُ پزر زِ یہ زندگی ہنز نثرٕ وینہِ گنڈ چھُ، یو لوچھِ تہٕ تخنہِ کرنچہ صورت زے
چھیٚہ ناولہِ ہنز بُنیاد۔

ژھیٚپہ کیٚنہ چھیٚہ ناوِل جنگ نامن، داستانن، قصن تہٕ ڈلیلن ہندس فیلس
ہتی مائل تھاوان۔ یِمہِ ادبی ذارٕن ہنز کوچہ منز لوب ناولہِ زائیُن۔ مگر یمن منز چھیٚہ
اکھ بڈ فرق۔ ڈراما، داستان، رزمیہ سفرنامہ بیتر اُسی صنعتی دورکہ پتہٕ برونٹھے
ترقی ہندِس تھدِس درجس پیٚٹھ واتی ہتی۔ بیٚلہِ زَن ناوِل صنعتی دورس منز زاینہ لیٚجھ
اکھ موضوع تہٕ ساہَرٕ دار ادبی صنف چھیٚہ۔

ناوِل کیاز چھیٚہ یہ صنعتی دورٕ برونہہ۔ اَتھ چھِہ بیٚنہِ خاص وجوہات۔
گوڈنیچ اوس یہ نثر تتھ منز کُس وزگنت پیٚتین اَتھ قبول عام حاصل سپدِ ہے۔
تاہم کمہ آسہِ کیٚنہ اوس پرن والین ہند تعداد تہٕ محدود۔ شاعری چھُنہ ناولہِ ہند بار
دِتہٕ اونگ پوٚر پوٚر بتر۔ شاعری تہٕ نثرس درمیان برتری ہنز دَپہ دب روٚز برابر
توتام چلہٕ وِنی یوتام نثرن صنعتی دورس منز مختلف ذریٚن ہندٕ اَتھ واسہ پیٚنن
وجود کھر کوٚر۔ اَتھ وقتس تام ناولہِ ہند وجنن اوس محض اکھ خاب۔ یتھ وقتس
نثر واتیاسک اکھ اہم ذٔریہ تسلیم کرنہ آو تہٕ توتام رٔد فکشن لیکھنک رفتار
سیٹھاہ سُست۔ شارن منز ناوِل لیکھن چھُنہ اکہِ توجہ کھوتہٕ کیٚنہہ کم۔ بجر چھیٚہ

فائدٕ تہٕ بجر منز لیکھن چھِ جذبٕچ گرمی مںگان تہٕ کانچھان۔ یہ چھےٚ اکھ سوٚ عمل یوس پرچھ ہوڈس بیٚیٹھ ممکن چھےٚ۔ تخیلچ زبان چھےٚ زندگی ہنٛز زبان۔ تخیل چھ تھکہٕ بغیر خدی ہُند عالم۔ یہ چھےٚ دوہ دِین گزارنٕچ عمل یتھ سٟتۍ ناولہٕ ہنٛز یادی تالُک تہٕ واتھ چھُو۔

ناولہٕ ووتھ پوٚتہٕ لگنگ بیاکھ وجہ اوس ڈراپیچ سرزدری تہٕ شاعری بخشے آمٕت ولفار تہٕ رو تبہٕ۔ اَدٕے کیٛتو دراٛیہ ناول چھپنہِ وَہ دَیہ وٕنی تمہ ساتہٕ بیٚیلہِ ڈراماہس زوال آو۔ صنعتی دوٚرن تیوٚ سوٚ کبار ہھتھ، انسانس پیوٚو اکہِ تنھہِ چیزک ضرورتھ یُتھ شہٕ گنی زوٚن کینہہ پرِتہٕ سٟتۍ تس نش ہُر لوٚمُت وَق گزٕارتھ ہیٚکہٕ۔ یہ اُس سو بُڈ ضرورتھ یمیٚو ناوِلہِ ہُند بروٚنہہ کُن یقینی بنوو۔

یمہٕ ساتہٕ ناول اَسہٕ نام وٲتٕ یہ اُس ماوِ بیٚیٹھ قداوار بوٚڈی سبےٚ مرتبہٕ ادیکس تواریخس منز اوس اَمیک بول بجا آمُت۔ ملکچن علاقٲیی زبانَن منز آیہ گوڈنٕچ ناول بنگٲلی پاٹھۍ لیکھنہٕ۔ اکھ ناولہٕ اوس "اللیر گربر دُلال" (آمُن والین ہُند روومُت نیچو) یہٕ مُصنفس اوس پیری چند متا ناو۔ یہ ناول چھپیے یہ ۱۸۵۵-۵۷ء درمیان گوڈٕ قسطوار تہٕ ۱۸۵۸ء منز آیہٕ کتٲبی روٗلس اَندر بازرس منز۔ مگر اصلی ناولہٕ ہُند دور سُپد بنکم چندر چیٹرجی۔ شرت چندر چیٹرجی تہٕ ٹیگور ہنٛز و ناولو سٟتۍ شوٗر وٕٹ بنگٲلی یوٚدوے علاقٲیی زبانو منز ساروٚے کھوتہٕ مالدار زبان چھےٚ مگر جنوٗبی ہندوستانٕچن زبانَن منز تہٕ ووٚتھ اُتھےٚ دورس اَندر ناول لیکھنس دس یتھ منز ناول خاص کرِتھ قٲبلِ ذکر چھےٚ۔ دوٚیمین علاقٲیی زبانَن منز ناول لیکھنس ووٚتھ کم کاسہٕ کنو ہمہِ صدی منز سے دس مگر کٲشرس منز آیہِ ناول وٕہمہِ صدی ہندس دوٚیمس اڈس اندر یرن والین بروٚنہہ کُن۔ کٲشرس منز چھےٚ وہ ناولہِ ہنٛز وٲنس پہے ترہ وُری ہش مگر یمَن ہنٛز ہمَن وُرِین اَندر یمہِ ناولہِ لیکھنہٕ آیہٕ تمَن ہُند تعداد چھُ اوٚنگو ٹینڈرن

پیٹھ گنڈھنہٕ لایق۔ کاشرِس منز ناول نہٕ پھٹبنک وجہ چھیٚ پرن والین ہنز ویرٕتھ میلہٕ پرُن وانگن آسو ناول نگار گنتہٕ پیٹھ راوٕرِ دوہ دِن۔

ناولہٕ ہندِس فنَس پیٹھ کتھ کرتہٕ یود وہٕ چھُ کینژٕن ژُنیادی کتھن کُن دیان دِیُن۔ ناولہٕ ہند چھیُن چھُ گژھ تہٕ ادبس منز تونام ناممکن یونام تہٕ پرن والین ہند اکھ بوٚڈ حلقہٕ مارٕنس آسہٕ۔ یہ چھیٚ سو ادبی صنف یُس مکمل توجہ تہٕ پوٚرٕ ووق مگان چھیٚ۔ ناول نگارس ہرگاہ تہٕ خریدار آسہٕ سُہ کیاہ لیکھہِ تہٕ کتھ گیتھ لیکھہِ، اُدیُک چھیُن چھاپھیلن تہٕ کھٕژر پراوُن چھُ تیلی ممکن ییلہِ اَتھ منگ آسہٕ، خریدار آسہٕ تہٕ قدر نہٕ آسہٕ بس۔

دوٚیم اہم کتھ چھیٚ یہِ زِ پرتھ عظیم فنکار چھُ پننہِ فنکہ پانہٕ بناوان۔ سُہ چھُ پُنم رِوایتھ لیہٕ موجب کرٕتھ تہٕ کھرٕ اوٚتھ نوِ رِوایتھ قایم کران۔ ییتھ پاٹھی چھیٚ نوٚ انداز تہٕ اظہار فنَس چھینچہٕ ونتہٕ بدٕ ییران۔ رِوایتھ قایم کرنک تہٕ کھرٕ اوٚنک یہِ سلسلہٕ چھُ اکھ مسلسل عمل۔ پرتھ فنہٕ باپتھ چھُ یوٚہے پوٚت منظر نظرِ تل اَنتھ قایدہٕ تہٕ قونوُن مشخص سپدان تہٕ کانہہ عہد ساز شخصیت چھیٚ یمن منز ترمیم کرٕتھ نوٚو طرح دوان۔ یم قایدہٕ تہٕ قونوُن نہٕ چھیتہٕ حتمی، بلکہ چھُ وار یاہ کالک تجربہ۔ یمن قایدن تہٕ قونونن زایُن دوان۔ اکثر چھیٚ رِتے کتھ قایدہٕ تہٕ قونوُن بنان یمہٕ کتھہٕ عظیم تہٕ بڈین فنکارن ہنزن تخلیقن منز مشترکہ آسن۔ مگر کینہہ قایدہٕ چھِ تِتھی تہٕ یمن تخلیقی اَڈرہٕ منز پرنہٕ ہند درجہ چھُ۔ یم قایدہٕ چھِ اکہِ نتہٕ بییہِ رنگہٕ قایم روزان۔ بلکل تِتھے پاٹھی یتھ کنہٕ اکھ ڈیسل زیٚنہٕ مستی مکانہٕ تامیر چھُ کران تہٕ بیاکھ ڈیسل چھُ یہے کام ییکہِ تہٕ ہمتس ہوان۔ اَڈرِتھ صایبِ ضوٚرٕ ورٕتھ چھیٚ دوہ شوٚنی کارہٕ گرن تہٕ دوہ شوٚنی ہندِ باپتھ چھُ پرنہٕ ہند آسُن ضوٚرٕ وٚری۔

ادبی تواریخس منز چھِ قایدہٕ تہٕ قونوُن تیلی کھر سپدان ییلہِ کُنہٕ ادبی ذاژ

ہندی واریاہ نۆمونہٕ برونہہ کُن پَتھ زَن جانس تہٕ ناکارس اصلس تہٕ نقلس درمیان
پھیر فرق ہادنگ سرحد بدٕ نیرن۔ قاعیدٕ قانونن تہٕ چھ ضرورتس پیش نظرے مشخص تہٕ
مقرر سپدان۔ کُنہ تہٕ فنہٕ باپتھ قاعیدٕ سرکھر کرٕنۍ چھ نقادن تہٕ فن شناسن ہندکار۔ تمہ تہٕ
ہکن نہٕ یہ کام تۄتام نِتھ وٲلِتھ ییتام تہٕ جان مقدارس منز بنیادی مواد تمن برونہہ
کنہ آسہ۔ امہ موکھ گژھنہٕ یہ وننۍ غلط زِ کانہہ تہٕ ادبی صنف چھیہ گوڈٕ زاین
لبان تہٕ اَدٕ چھ اَکہ قاعیدٕ مقرر سپدان۔ یِم قاعیدٕ قانون عظیم لکھارو کھر کۄرمتۍ آسن
تِمے قاعیدٕ چھ برونہہ کُن کھوٚت تہٕ رِوایتھ بنان۔ نقادن تہٕ فن شناسن ہنز
کام چھیہ باپتھ قاعیدٕ بناونہٕ بدلہٕ تمن قاعیدن ہنز نشاندہی کرٕنۍ تہٕ اَتھ کامہ چھ بہرحال
تخلیقس مقابلہٕ دوٚیم درجہ حاصل۔ ناولہٕ ہنز مثال نِیو "ڈان کوئیک زوٹ"
لیکھن ورٕزِ کم قاعیدٕ تہٕ قانون آسی سروانٹیس برونہہ کنہٕ یمن پیٹھ تمہ لیوکھ۔
سروانٹیس پتہٕ براوٚنس نامہ یس سفر ناولہٕ کوٚر تتھ دوران یدلے پہ واریاہ
تراپہ سو برن ہیچ نہٕ کانہہ تراوتھ بیتھ پیٹھ ناولہٕ ہنز مندور گمان چھیہ۔

# ناوِل کیاہ گیہِ؟

ناوِل کیاہ گیہِ؟ اَتھ سوالس دِن ساری یِتھٕ پاٹھۍ جواب۔ یہ ماچھُ حابک
سوال زِ یوت کُنہِ آسن ہندسہ اَگی آیہ تہٕ اَکِس ترتیبس منز درج۔ ہرگاہ جواب
دِنہٕ والی باخبر آسن تفاوتھ آسنہٕ باوجود تہٕ آسہ پریتھ جوابس منز کانہہ نتہٕ کانہہ
ترتھ کتھ موجود یوس بلکہ جوابن منز تہٕ مُشترکہ آسہ۔ تہٕ یہے مُشترکہ کتھ چھیہٕ سو
پُرن ییتھ بیٹھ ناولہٕ ہنز منزورِ تامیر چھیہٕ سپدان۔ یِتھ پاٹھۍ اکھ انسان دوٚیمس
انسانس نِش مختلف آسنہٕ باوجود واریاہ رنگو دوٚیمس انسانس ستیٚ رلان چھُ تِتھے کنۍ
چھُ پریتھ ناولہٕ ہند اہار دوٚیمہِ ناولہٕ ستیٚ رلان۔ انسانس تہٕ انسانس منز اگر کُنہِ رنگہ
ہشر آسہٕ تیتھ صورتس منز آسہ اَن ہشر شخص بدل کینہہ آسِتھ مگر انسان ہے کینہہ۔
یتھے کنۍ اگر اَکِس ناولہِ دوٚیمہِ ناولہٕ ستیٚ ہیُر آسہ سو ہیکہٕ نہ ناول آسِتھ۔ اَتھ صورتس
منز چھُ تیتھ تخلیقس ناول وننے غلط یتھ منز ناولہٕ ہندی اوصاف آسن نہ۔ وجہہ
چھُ صاف زِ یِم بُنیادی عُنصر یا لوازم تمام ناولن منز مُشترکہ چھِ تِمے چھِ ناولہٕ ہنز
پہچان کھڑ کران تہٕ یہے عُنصر چھِ ناولہٕ دوٚیمین ادبی صِنفن نِش الگ کرِتھ خاص
وجود بخشان۔

ناول کیاہ گیہٕ ؟ یا ناولہٕ ہنٛز پہچان کیاہ چھےٚ؟ عام تصور دِنہٕ باپتھ چھُ میکملن انسائیکلوپیڈیا اَمہٕ ادبی صنفہٕ ہنٛز زان یِتھہٕ پاٹھی کرناوان:۔

"نثری فکشنگ سُہ زیٛوٗٹھ کارنامہٕ یتھ منٛز کردارن ہنٛز اصلی یا تخیلی عمل حادثہٕ آسہٕ آمٕتۍ۔" مگر امریکن کالج انسائیکلوپیڈیا چھُ بیٚیہٕ آیہٕ طرح دِوان:۔

"اکھ قسمک نثری فکشن ناول چھےٚ ڈٲلہِ ہُند سُہ نثری بیان یتھ منٛز بیٚیہٕ ڈکین تخیلی واقعاتن زیٛو آسہٕ دِنہٕ آمٕتۍ۔ ناول گژھہِ مُختصر افسانہٕ کھوتہٕ زیٛچھ آسُن۔"

"یمو حوالو سِتۍ چھُ ناولہٕ متعلق اکھ تیٚتہٕ بیا کھ پہلوٗ بروٗنہہ کُن یِوان، گوڈنکس منٛز چھُ کردارن ہنٛدِس دلوٗ ہارس پیٹھ زور تہٕ دوٚیمِس حوالس منٛز چھُ کہانی ہنٛد آسُن ضروٗری قرار آمُت دِنہٕ۔ عام پرٛن والٮ۪ن ہنٛدِ باپتھ چھےٚ دوشوٚے بیانہٕ بیٚیہٕ لحاظہٕ اہم زِ ناولہٕ ہنٛدِس تامیرس منٛز یِمن عنصرن ہنٛد دخل چھُ تمن کُن چھُ کم کاسہٕ اشارٕ کرنہٕ آمُت مگر یِم حوالہٕ پرٕتھ چھِنہٕ سوٗ کلہم صداقتھ اسہِ مکمل اکاییِ اُچھن بروٗنہہ کُن یِوان یتھ ناول ناو پیٚو۔ یتھ کنہِ ہیٚسہِ سُند لوٗٹ وُچھتھ سُہ شخص ہیٚسہِ سُند تصوٗر کرُتھ ہیٚکہِ نہٕ ییٚمہِ ہوٗس وُچھ مُتٕے آسہِ نہٕ تتھے کنہِ ہیٚکہِ نہٕ یِم حوالہٕ پرٕتھ ناولہٕ متعلق کانٛہہ تصوٗر گنڈنہٕ یتھ۔ ناول چھےٚ اکھ آزاد تہٕ مکمل ادبی صنف یتھ پننُے اکھ الگ وجوٗد چھُ تہٕ یِم چیزٕ سمیتھ اکھ دوٚیمین صنفن نِش بدٕلن چھِ کران تہٕ یِم مختلف عنصر تہٕ قدرٕ سمیتھ ناولہٕ ہنٛد باپتھ لازمی چھِ تمن ہنٛز الگ وِژھنے تہٕ وُکھنے کرِتھ ہیٚکہِ اینگ گژھتھ تہٕ اُچ اُڈرن وُنہِ یتھ۔ یِمن چیزن یا عنصرن چھےٚ ناولہٕ ہنٛدِس تامیرس منٛز سوٗے اہمیتھ یوسہٕ اہمیتھ انسانہٕ ہنٛدِس جسمس منٛز مختلف تانن چھےٚ۔ یہ کتھ نظرِ تَل اُنتھ زِ ناول چھےٚ مشرقس مغربک دیُت، بلکہٕ اَسہِ یہِ ادبی صنف مغربی

میزانَن ہنزِ کھوژ چھِ کھاگٕتھ۔ یہ کتھ چھیٚیہِ ییمہِ کنہ تہٕ ضوٗرۍ زِ ناولہٕ لوسہ ترقی مغربی دُنیہِ منز کرٕ تہٕ یُس فوٚتلاں عام اُتھ تہٕ حاصل سپُد تتھ دورس چھُ وُنہ آسہ وارِیاہس کالس پرارُن۔ اتھ لوٚت منظرس منز یِم فائدِ تہٕ ظابطہٕ تہٕ کھر چھہ سپدی تم چھہ سانو پیمانو کھوتہٕ زیادٕ موثر تہٕ وزن دار۔ ناولہٕ ہندۍ یِم رنگ تہٕ یِم عظیم ناول لگار مغربس باگہٕ آیہٕ تمہ تام سون پلہٕ کرُن چھُ سانہٕ باپتھ محض اکھ خاب۔ دُنیہچہ سارِیے عظیم ناولہٕ آیہ تتی لیکھنہٕ تہٕ جان ناولن ہُند مشرقی سرمایہ چھُ وُنہ تہٕ لوٗزِ ہتے تہٕ ناولہٕ متعلق سانہٕ تنقیدک معیار تہٕ چھُ وُنہ وارِیاہس حدس تام مغربک آویز۔ مغربی دُنیہس منز تہٕ اوس ناولہٕ متعلق تنقیدک معیار ییمہٕ صدی ہندِس گوڈٕ کالس تام کینژن مخصوص عنصرن تام محدود مگر وونی چھُ دوٚیمین ہوٚن تہٕ سائنسی ترقی ہندک پاٹھو ناولہٕ متعلق تنقیدس تنہٕ وارِیاہ وُسعت آمٕژ۔

یہ کتھ متعلق تہٕ چھُ سارنے نقادن تہٕ تخلیق کارن منز اتفاق زِ ناولہٕ ہندِس تانیہٕس منز چھیٚیہ گوڈٕ افسانہ کہانی لوان۔ لہٰذا اگر و اسی گوڈٕ نیتھ اُتھی پیٹھ کتھ۔

# کہانی

کہانی کیاہ گیہٕ؟ ۔ اکھ کتھ تہٕ چھیہٕ ناول نگارو تہٕ نقادو پننہٕ پننہٕ پاٹھۍ گینہٕ گنڈمٕژ ۔ فلابیئر سُند وَنُن چھُ زِ کاہنہٕ تہٕ کہانی چھےٚ جان یا ناکارٕ آسان ۔ اَدٕ اکھ کتھ چھیہٕ زِ کہانی کیتھہٕ پاٹھۍ پیہٕ پیش کرنہٕ ۔ اُکس وُسی پایہٕ ناول نگارس نِش ہیٚکہِ جان کہانی تہٕ کھوکھٕرُد گرٕژھتھ تہٕ اکھ کمزور کہانی ہیٚکہِ اُکس جان ناول نگارٕ سندٕ وُسی اکہِ شاہکارٕچ بُنیاد بنتھ ۔ کہانی ہنز یترہٕ منز چھُ ناول نگار سُند خاص تہٕ اہم رول تہٕ یہِ چھُ انفرادی صلاحیژ ہُند مسلہٕ ۔ کہانی متعلق کتھ کران چھُ جوزف کانراڈ لیکھان:

"ساروے کھتو برونہہ گژھہِ کہانی تمہٕ حسابہٕ اَحساس وونہٕ تلاوُنۍ یتہٕ نِش زُلتھ ہیٚکہِ زِنہٕ یانے یہِ کینژھاہ اکھ اندر سیدان آسہٕ، باسُن گژھہِ زِ اَمہٕ ورائے آسہٕ دوٚیم کاہنہٕ وَتھ ۔ کردار وُنۍ تہٕ بلاشکھ زِ ہر گاہ میون رول اَدلہٕ بدل کرنہٕ آیہے آمُت تیلہٕ آسہے گوڈٕ بیٚٹھہٕ اندس تام ساری ہے بدل اہار ۔ اکھ جایہٕ چھُ ناول نگار سُند فن یہِ مطالبہٕ کران زِ تِس آسہٕ کردارن بیٚٹھ ترٕتھ چیر کھچھ تہٕ بابہٕ زِ زِنہٕ تہٕ شُسے رول نکھہِ والنہٕ بایتھ ڈُنۍ یہس آمُت اوس"۔

کہانی متعلق کانراڈن بیان چھُ موختصر آسنہٕ باوجود سیٚٹھاہ اہم تہٕ چھُ گوڈنیک ہے جملس منز بیالہٕ اندریچ کتھ وَنان ۔ تسُند مطلب چھُ زِ کہانی گژھہِ

پَرَن واجِس تھوٚد پاٹھی ٹھیٚٹھ کٔرِتھ ییتھ پاٹھۍ بجلی تار ژھینہٕ کران تہٕ پَرَن واجِس گژھِہ ناولہٕ
ہُند کانہہ تہٕ حِصہٕ بور کرُن یا پٮ۪ٹھی پیوان، تَس گژھِ گوڈٕ پیٹھٕ اَندَس تام اَتھ سٕتۍ دلچسپی
قٲیِم روزٕنۍ تہٕ ناولہٕ ہُند لفظ لفظ گژھِہ تَس سوچنَس تہٕ ژیتہٕ دِنَس پیٹھ مجبور کرُن۔

ای۔ ایم فوسٹر چھ کتھ تھوٚو کھلاوِتھ لیکھان۔

" اَہن ساکتا ٹھیا اُو ــــ ناولہٕ منٛز چھیٚہ کہانی پَوان دِنہٕ۔ یہ چھُ سُہ بُنیادی
سوٗتھر ییمہٕ ورٲے ناول ڈٮ۪تھ ہیٚکہِ نہٕ۔ سارٕنی سٕرِس سُہ عنصر یُس تمام ناولن منٛز
مُشترکہٕ چھُ۔ بہ تہٕ چھُس کانٛچھان زِ یتھ یوت گونٛہِ ناپ آسُن ہُلکہٕ گژھِہ ناوَل اُمہٕ نِش
بدٕلن آسنہٕ۔ اَمہٕ ڈٔسی پایہٕ گژھِتھ بدل گوٚژھ حقیقتھٕ وٕژن یا ترٚمٕ ریٚڑی ناولہٕ ہُند
بُنیادی سوٗتھر آسُن۔

اَسی پوٚتاہ کہانی سام چھہِ ہوان (یا دتھاوِ ونیتِن چھُ میون مطلب
ترٚتھ کہانی یوسہٕ بٔرٕ کِنہٕ کہانی آسہٕ) یا پوٚتاہ اَسی اَتھ سٕتۍ استاد اوٚدی لیس ہیٚرن
الگ کرٕنۍ کوشش کرِتھ تیوت گژھن اَمکۍ گون چھونان۔ کہانی چھیٚہ ریکہٕ اُڈٕ دِہ
ہنٛدی پاٹھی اُرُور تہٕ تمُس اَمہٕ کینہہ ہِش یسندکلہٕ تہٕ لوٗٹ کنہٕ پابندی ہُند تابین
چھُنہٕ۔ کہانی ہُند توارُخ چھُ داریاہ داریاہ پرون۔ اَمِچ ہِلَن چھنہٕ صرف منٛز کانس
تامے پازٕ بلکہ چھیٚہ اَچھِر ناپہ پوٚت کٕہ کانس سٕتۍ رلان۔ اِنسانہٕ منٛز کلہ کتھا پیر
ہُند گمٕتھ چھُ زبہنوٚن دِوان زِ سُہ چھُ دلیلہٕ تہٕ قصہٕ بوزان اوسمُت۔ یتھ کاہکی
بوزن واجی (لفظ 'بوزن وول' چھُ اَدبس منٛز پَرَن واجِس، بوزن واجِس تہٕ
مُشاہد کرن واجی ہندِس مانیٚس منٛز ورتاونہٕ یِوان)۔ اُسی زٕ ھارٕ وِنۍ حالاتی
ہندِس آدلنس منٛز ہیٚنہِ آمٕتۍ انسان۔ ییمِس نِش الاوس اُندی اُندی ہیتھ مجاسانڈ
تہٕ موٚہ سٕتۍ فِرتھ گیندٕس دُچھ دُچھ تنگ اَسی پوان۔ یہ آس صرف حالاتی تہٕ راوٕنۍ

کیفیتھ یوسہ تمن چھکہ بے خدمتھ۔ اَمہِ پتہٕ کیاہ سپد؟ ناول نگار چھُ اَستہٕ استہٕ
بردہ بہہ پکان۔ یتھے بوزن والین انداز سپدِ نہٕ بردہ بہہ کُن کیاہ سپدِ تمن گژھِ یاپہٕ
زکِھ پتہٕ تیتھ کنہ گتھ گوز مارِتھ۔ اَسہِ ہیکو یتھ کالچہِ "شہر ناز" ہندِس دوہِ پٮ۪ٹھس
تیسبیتھ کم کاپہ تمن شہرن ہند اندازِ کرِتھ یم تس تجبہِ اَسہِ۔ "شہر ناز" چھیہ پتہٕ
انجامہِ نس موہ کچار نبان شہ بیمہ ستہٕ زنتس چھُپہ زِ حاراَنی تہٕ اسرائیلہ یتھی کین
ہتھی یارن کنہ پاٹھی جیہ بین دِتی۔ یوسہ چھُ سُہ واحد وسیلہ (TOOL) یُس کنہ جالس
تام ظالمن تہٕ جابرن پٮ۪ٹھ اثر انداز سپدِتھ ہیکہِ۔ شہر نازٕ یوٚدوے اَکس عظیم ناول
نگار سندِ وعوتہٕ صفتو ستہٕ یاراوِتھ اَس یانے باوژہ ہنر پختگی، فاصلہِ دِنس
منز ربیدہ کام ہیتھ گفتارچ رنگینی، اخلاقچ عظمتھ، کردارہ بردہ بہہ کن اَتھ ہوز
پتہٕ مشرقچین ترین بجن راز دانین متلق پرِ پار دولوماتھ۔ یم ساری صفتھ اَسہِ تس
باگہِ مگر پننس ظالم تہٕ جابر خاوند سندِ پٮ۪ٹھ تکہِ پان بچاونس منز گوز تہٕ تمہ اکس
صفتس پٮ۪ٹھ تکی یہِ۔ یم ساری چیز اَسہِ اتفاقی۔ سوہ بچیہ یہِ اَمہِ کتھ کنہ زِ تمہِ کھوو بادشاہ
کرلشہِ وون زامہِ پتہٕ کیاہ سپدِ۔ یتھے آفتابہ کھان ژھین تتھے دبت تمہ کتھ
منز سے ٹکھ تہٕ بادشاہ زووُن مادانی ہندین سرحدن بھیرِ نہ باپتھ۔ شہر نازٕ یتھے
آفتابس کلہِ کڈان ژھان اَس سو اَس دوٗر اندیشی کنہ زھوپہ لاگان۔ یہ زھوٹ
تہٕ دلچسپی نس زھوٗرے پنتر چھُ پدانی "الف لالہ" ہند کتھ کونڈ۔ اَمچ ریکہِ اُڈِج۔
یہ چھیہ سوڈور ییمہِ ستہٕ مختلف واقاتھ اکھ اکس ستہٕ واٹھ چھہ تہٕ اَمی دورِ بچاو
گاٹجہ تہٕ زیرک شہر ازد۔

بردہ بہہ کُن کیاہ سپدِ؟ یہ زانکس مالس منز چھہِ اَسہِ ساری شہرازٕ ہندِس
خاوندس ہوکہ تہٕ یوٚہے چھُ آفاقی بنگ عنصر تہٕ اَدے چھیہ کہانی ناولہِ ہندر رُح۔

اُسہِ منزٕ چھےٚ کینہہ لُکھ اَمہِ ہُرکانہٕ بیٛیہِ کینہہ زانُن یژھان ۔ اُمہِ اندر چھُ تلاش کرِ جنہٕ یہ
خُدائے بیٛیہِ کینہہ نہٕ ۔ نتیجہ چھُ صاف زِ ساکٕنۍ باقے خاصیتہٕ چھِ ہیٚدٕ ونہٕ لایق آسان۔"
ای ۔ ایم ۔ فورسٹرن چہ کینسر ہاہ کہانی مُتلق مِثال دِتھ پٕتھ کھوکھلاوِتھ ووٚن سوٚے
کتھ وُنۍ جوزف کانراڈن تہٕ ۔ فرق چھُیہ یہے زِ اُکۍ دوٚن کتھ زیٛٹھراوِتھ تہٕ دوٚیم
وٕنۍ کنژن تام حلُن منز ۔ دوشوٚنے چھِ پانہٕ نہٕ ناول نگار تہٕ یہ کینسرہاہ یوٚدوے تمۍ
چھُ نہٕ چھکھ ورتوومُت نہٕ بیٚمہِ کنۍ پہندِس دٔلیس تجربکٕ وُشینر ڈٲکھس چھُ ۔ یہند
وُنُن چھُ اعتبارس لایق نہٕ اَپُج گوژ چھیہٕ ناولہِ ہنزٕ کھوٚٹ ۔ کتھ گرژھ پرن والیس
چھٕھ کرنۍ نہٕ یہ چھُکھ گرژھ تنہٕ چیر آسنۍ یتھ پرن وول آخرس تام آوُر روزِ ۔ پانہٕ
تخلیقی دُنیاہکۍ وُرہٕ گۍتھ آسنہٕ موکھ چھُ پہندِس وننس دوٚیمین ہُندِ انداز نہٕ ڈٲکھس
چنانچہ میبریم اَلٹ چھیہٕ لیکھان :-

"طریقہ کار نہٕ پیشکاری ہندِس مامِلس منز چھُ تخلیق کار اکثر ترِژھ کتھ وٕنان
یمَن منز گامتراوِنۍ تہٕ ژھ چھیہٕ آسان ۔ ناول نگار نہٕ چھیہ اَمہِ نِش الگ کینہہ ۔
سُہ کرِ ژَن کِردار نِگٲری ، بیانچہِ ہوٚز یا جان نثری اُسلوٗبس پیٹھ غور ۔ یِتھٕ ٲتی چھُ
سُہ ناولہِ ہنزٕن خوصوصیژن متلق پننہِ رایہِ ہُند اظہار کران ۔ یِتھٕ پأٹھۍ چھُ ناول نگار
اَمہِ ژھٕنس پاوان زِ گرِتھس نہٕ اصلیتس چھُ پانہٕ وٲنۍ اکھ سروٚن واتھ"۔

انتھونی ٹرولوپ یِلہِ ناولہِ منز کہانی ہندِس اہمیتس ستان چھُ سُہ چھُ پننس
خاص اندازس منز پننس قلمس کشِ کڈِتھ ذٲتی تجربس منز دوٚیمین پننہِ پأٹھۍ
شامل کران ۔

"سےٚ چھُ گوڈٕ پیٹھے ووٚنمُت زِ ناول نگارس یِلہِ ناول لیکھنہٕ بیٚیہِ نَس یژھ
نَس ساتہٕ لیکھنس دس تُلُن ، اَمہِ کنۍ نہٕ زِ تس چھیہٕ ڈٔلیل وٕنۍ ، بلکہ اُدموکھ زِ تس

چھیہٕ وَنہٕ کرِتھ کہاًنی ۔ ناول نگارن ہنز گوڈنچہ نادلہٕ چھیہٕ گۄڈٕ مۄمن صحی واقاتن ہنز کوچھر منز نظرٕ پیمرٕ ۔ اَمہِ ساتہٕ چھِ کینہہ مُسلسل واقاتھ یا کردارن ہُند پوچھر تٕمن تخیلس منز وۄتلیومُت آسان ۔ تَس چھُ شد نہٕ سان اَحیساس گژھان تہٕ اَمہِ کنہٕ چھُ تَس وُتُش لگان زِ سہ ہیکہِ زۄ دار مُرتھ پڑپہٕ وُنہٕ زبأنی منز گرتھ برونہہ کُن تراوِتھ ۔ سہ چھُ یہان نہٕ کنہِ ہنز تار تُلان، تہٕ کیاز تَس تِش چھیہٕ کہاًنی وَنہٕ کرتھ آسان ۔ بلکل تھنٕ پاٹھی میانہٕ دوستہٕ بیلہِ ژےٕ تیتھ کینہہ آسی بوزمُت یُس ژےٕ سُنتھ نہٕ نرِتھ آسی گومُت تہٕ ژےٕ باوتھ آسکھ تَس تِش کرِنہٕ یژھان یُس ژےٕ گوڈنیتھ سمکھی''۔

اَنھونی ٹرولوپ سُند تجربہٕ چھُ زِ یتھ موضوعَس پیٹھ ناول نگارس لیکھن آسہِ، سُہ موضوع گژھِ لیکھن والی پورٕ پاٹھی کومہِ آسُن اوٚنمُت تہٕ اَمہِ موضوعک پریتھ کانہہ انگ گژھِ تَس برونٹھ کنہِ ژھرِ ژھرٕ ژھرٕ آسُن کران ، تخیُل کِس تونٚدوٚرس منز گژھِ موضوعَس سورُے مل دوٚدمُت آسُن تہٕ تخلیقک امار گژھِ سٕہلابہٕ گژھِ ہندی پأٹھی لیکھن وألس اندرے ژھالہٕ ماران آسُن تہٕ یہِ کینژھاہ وُنہٕ باپتھ یا لیکھنہٕ باپتھ ہِہندِس مُشاہدس منز آمُت آسہِ تتھ منز گژھِ دوٚبین کھیتھ کرنہٕ تہٕ کومہِ اَتھٕ صلاحیتھ آسنہٕ تہٕ سورُے منظرٕ پوٚت منظر گژھِ اَمہِ وقتہٕ ناول نگارس دریٹھمان آسُن ۔

فوسٹر چھُ کہاًنی مُتلق مزید تفصیلات درج کران لیکھان:۔

"کہاًنی چھیہٕ زمانہٕ موجوب سترٕ آمتین واقاتن ہند بیان" تہٕ ڈیتھ گوو زِ ناول نگارس چھِنہٕ تمے واقاتھ بیان کرِنہٕ یم تَس بُتھرِ پین، بلکہ چھُ تَس ژارُن تہٕ رد کرُن عمل پانہٕ نابرِ تَس چھُ ٹھوٚپہٕ گرِ سٕندی پأٹھی اوٚنگجِ ژُن نتھ ہشرٕ تلہِ

گلزار کرٕنۍ، یوسہٕ کام اکھ جان کارٕ گر یا ہوٗنرٕمند سرٕ زنہٕ، بۄ شخص یا تورِ تورٕ زٕ بیترٕ ہیوان چھ سوٗ کام چھیٚ تخلیق کارس فلمس ہیٚنۍ، تس چھیٚ گنہٕ یاگرِ منز سو تصویر کۄ رِتھ کرٕنۍ یا کنو اسس بیٚٹھ وۄ نلاوٕنۍ یوسہٕ تصویر تمۍ ذہنس منز گرمژ تہٕ زار مژ چھیٚ آسان۔ اتھی جایہ چھیٚ تخلیقی فنکارس تہٕ عام الناس درمیان فرق پاد گژھان۔ رٕنۍ تہٕ نزاوُن یا ژارُن تہٕ رٕد کرُن چھ فنچہٕ زندگی ہُند اکھ اہم تہٕ دِلچسپ پہلو تہٕ اُتھی جایہ چھیٚ سو فرق پاد گژھان یُس فرق مصورس تہٕ فوٹوگرافرس، ڈیلہٕ گرس تہٕ ناول نگارس، لڈی شہس تہٕ شاعرس، کہانی کارس تہٕ اخبار نویسس اسہِ درینٹھ چھیٚ پوان۔

برونہہ کُن چھ ہنوسٹر لیکھان:۔

"مثلن چاے چیٚتہٕ پیتہٕ بتہٕ کھیوٚن آنفوارِ پیتہٕ ژٕندرٕ وار، مرنہٕ پیتہٕ کاپہ ہُند نراب گژھن۔ کہانی منز ہیکہِ اکھ نوبی آستھ' سو یہٕ زِ لوزن وأپس گژھِ بُتھِ پیتہٕ والین واقاتن ہندِ زانہٕ موکھ بےٕ قراری پادٕ۔ کہانی منز ہیکہِ کمزوری بیٚمہِ رنگہٕ اُستھ زِ لوزن وأپس اندرو وتلہِ بُتھِ پیتہٕ وألی واقعاتن ہنزٕ ہنگ کانہہ شوق یا بےقراری (یا نے کہانی کرنہٕ تس بتھ) پادٕ۔ پرتھ کُنہٕ کہانی بیٚٹھ یوسہٕ زان پرٕ زِ کنہِ کہانی آسہِ ہیکہِ صرف یمے دولوٕ پرکھاوُن نہچُ کُنہٕ غور کرنہٕ یتھ۔ کہانی چھ ادبک وۄسی پایہٕ تہٕ سہل ناو مگر بیٚمہِ اعتبارٕ چھ اکھ کھٕنٕدِ عنصرک درجہٕ زِ ناولہٕ ہندِ ناوٕ مقبول کہانی چھیٚ پرٕیتھ ادبی نظامس اکہِ مشترکہ قدرِ ہندِ حثیتہٕ پریتھ جایہ موجود۔ بیلہِ اُسی کہانی بیٚنیو تمہ اصلی آگرو نش ژٕ ییٹھ وۄچھنچ کوشش چھ کران تمن ہندِ اکھ واسہٕ پہ برونہہ چھیٚ پکان تہٕ وقتکین نیتھ نتین تہٕ ہوٚل ہوٚل پکن والین کیٚمین چُھٹہٕ ستی رٕ ٹنچ کوشش چھ کران تھٕ چھیٚ اسہِ برونہہ کنہٕ سو کمزور سوٗرتھ

دوٚنلان یوٚسہٕ دلچسپ آسان چھِنہٕ - پوٗز اَسہِ چھُ امہٕ نِشہِ یہٕ سبق میلان - وٗلوٚ دوٚ ذِ موٚ
اُسی دوٚہ دِہن کِس اَٹنس منز۔ اَتھ کیٚتھ ژٕ بیتھ۔ ساٚنِ دوٚہہ دِشہِ زندگی تہٕ چھیہٕ وقتکہِ اِحساسہ
سِتیٚ ترٛوٚ پیٚرِتھ آسان۔ اَسہِ چھُ یہِ اِحساس سپدان زِ اَکھ واقہٕ چھُ دوٚیمہِ واقہٕ برونہہ یا
پتہٕ گٔژھِ تلان۔ یہِ احساس چھُ سائنس ذیٚہنس منز گوڈٕ پیٹھے موٗجوٗد آسان، سارِ دِیکھ
یہٕ سارِ عملِ ہتر بُنہ یاد چھُ لوٚہے اندازٕ آسان، یِتھٕ پاٹھی چھُ اندازٕ سائنس ذٔہِنس تہٕ
سائنس کرِنس دار باہس حدس تام کوٚم آسان کرُتھ۔ مگر ساٚری سے کوٚم کرٕنی چھُنہٕ اندازک
بترٕ۔ باسان چھُ زِ زندگی منز چھُ وقتہٕ ہر یمانہٕ بیٚیہ تہٕ کیا ہتام۔ اکھ یتھٕ اُسی بِنہٕ سہولتہٕ
موکھ 'قدر' ہیکو وٗنِتھ۔ قدر چھیہٕ اکھ سوٚ شۓ یوٚسہ گرٕ گراہ لٔگتھ میٚنِتھ ہیکہِ نہٕ یِتھ،
بٔلکہ شِدرتہٕ تہٕ وُسعتہٕ سِتیٚ ژٕ بینہٕ۔

یہٕ کیٚتھ نظر تل تھاوِتھ بیلہٕ اُسی پتنس یتہٕ کالس وٗن چھِ دِوان اکھ اندر چھُنہٕ
شریہٕ سے سترِ درینٹھی یوان، بٔلکہ چھُ یہِ (پتہٕ کال) کینژن اہم واقاتن ہندِ ڈیرِکس
صوٗرتس منز برونہہ کُن یوان تہٕ بیلہِ اُسی پیش کالس پیٹھ نظر چھِ ترٛاوان یہِ چھُ گٔژھے
روٗٹ، ہیٚہ اڈبرٕ نہٕ گیٚہ آفتابہٕ ژٕ نتھ اُچھن تل یوان اما پوٗز پیش کال چھُنہٕ زانہہ
توٗارِکی ترتیبک اِشارہٕ یا ژٕینہٕ دَن دِوان۔ وقتکِس مأکِس تہٕ چھیہٕ یادہٕ وتِرس سِتیٚ
زیادہٕ دلچسپی تہٕ نہٕ چھُ تصوٗرے اکھ لور۔ خابَن تہٕ خیالن ہندِس ڈُنیہس منز روزن
وٲلِس فن کارس تہٕ عاشقس چھیہٕ جزوی طور وقتکہِ جبرٕ نِش آزادی۔ وقت ہیکہِ
یمن مأرِتھ مگر یمن ہند توجہ ہیکہِ بِنہٕ رٕزِ اُنِتھ۔ فیاضٕ ہنز وِز بیلہٕ پوٗر طاقتہٕ سان
گرِ ٹاس ٹاس لایہٕ بنہٕ وُن چھُ زِ تمہٕ وقتہٕ تہٕ آسن پتھی لوکھ بدل گٔمہٕ سوچِس۔
لہٰذا چھیہٕ وٕرتاوکِنہِ دوٚہہ دِشہِ زندگی دوٚہ یہٕ طریقہٕ زندگی سِتیٚ ظاہر سپدان، باقے
سوٚ زندگی حقیقتہٕ موٗجوٗب کرٕنہ تہٕ اُسی نَن۔ اکہِ زندگی ہُند واکھ چھُ زمانس تہٕ دوٚیمہِ

زندگی ہُند تاثُر چھُ قدرن ہیتھ۔ اَوے تہٕ چھیہٕ سانہٕ عملہٕ ہیتھ دوہہ طرفہٕ وابستگی ہنز باوَتھ سپدان۔ ہرگاہ یہ وَنُن پیہ زِ " ییٚتہٕ ژِھ سوٗ بس پانٕژن منٛزٕ تہٕ یُہنٛز کنٛہ اَس سوٗ اَمی مُستحق "۔ اَتھ چھیہٕ اَکے ہے جُملس منٛز دوشوٕ قسمن ہنز وابستگی نظرن تَل پِوان۔ کہانی ہنز کام چھیہٕ یِ زِ زندگی ہندی واقعات کرِ ترتیبہٕ سان بیان۔ دراصل چھُ ناول نگاری ہُند فن مختلف ہوٗن ہُند وُرتاو بائل اَمِنٛز قدرن ہندِ رشتہٕ زندگی ہنز عکاسی ہُند بیان۔ اَتھ منٛز تہٕ چھیہٕ دُطرفانہٕ وابستگی۔ ناولہٕ منٛز تہٕ چھُ زمانہٕ ( TIME ) برونٛہہ کنہٕ تھاوُن ، اَمہٕ وراے ہیکہٕ نہٕ کُنہٕ تہٕ ناولہٕ ہنز آدرُن سپدِتھ۔ ۔۔۔ ناول نگارہٕ ہندِ خاطرٕ چھُنہٕ ممکن زِ ناولس منٛزٕ بس واتنٛتھ سپدِ زمانہٕ نقش اِلگاری۔ کہانی ہنز رَز ڈیٚکھ تراوِتھ تہٕ واتہٕ نس اَتھ پتھ کرِتھ روزُن تہٕ زمانکس آنٛچھ رُدُستن سِلسلس ستی پزہ لس رِشتہٕ قایم تھاوُن نتہٕ آسہٕ تمیُک تحریر کھوٗری دار تہٕ پتہٕ آسہٕ زبردس غلطی"۔

لوٗرے تہٕ ناول نگارس چھِ لیکھن وِزِ پانٕژوے حِس بیدار تھاوٕنی۔ زمانس منٛز رُوزِتھ چھُ تس صنوٚرُن تہٕ وقتہٕ اَمہٕ نِش کھوٗدکھُن تہٕ باضے غوطہٕ دِتھ زمانکس سوٗدرس دونٛتھ وُچھُن۔ تَس چھُ پرن وول تہٕ تنٛتھ آزادی منٛز حصہٕ دار بناوُن لوٗپہ آزادی تَس جُزوی طور حاصل چھیہٕ۔ کامیاب فنکارہٕ ہنز پہچان چھیہٕ ییٚنہٕ زِ سہٕ کرِ پنٛنین تجربن منٛز پنٛنین پرٛھن والین تہٕ پوٗرہٕ پاٹھۍ شریکھ تہٕ تِم تہٕ زمانکِ جبرہٕ نِش کینژس کالس آزاد گژھتھ اُکس کھُلہٕ ڈلہٕ فضہس منٛز شاہ ہیکن ہیتھ۔ ناول نگارہٕ ( اَتھ منٛز چھِ بلاشبہ فنکار تہٕ شامل ) ہندِ فنُک اعجاز سپدِ تمہٕ ساتہٕ ثابتھ ییٚلہٕ سہٕ پرن والین ڈٕہنتھ رٕنیہ۔

ناول نگاری ہندِس فنس منٛز زمانچہٕ اہمیژٕ کھوٗتہٕ دِوان چھُ نوٗر محمد روشن۔

"چھُس صرف یہ وَنُن یژھان زِ دُنی کِین ییلہ یہ تقریر کران چھُس، چھیہ گریولیر
ٹِک ٹِک کران اَدٕ یہ لوزان چھُس یا بوزان چھُسہ، اَدٕ میہ آسی تَن اُبیکُ اَچھا گِس
یا میہ آسی تَن۔ تگہ ناولہٕ منز چھیہ یہ گُر پارٕ پارٕ ٹِک ٹِک کران۔ یہ کتھ چھیہ وکھر زِ امہ دِز
کھر گُر تہٕ۔ ایملی بروٗنٹے یَن "WUTHERINGHLEIGHTS" ناولہٕ منز گُر
کھٹِتھ تھاونچ کوشش "TRISTRAN SHANDY" مسٹر ایسٹرنٕ ییتھیم
تاہ بون۔ مارسل پراوسٹ چھُ ژوٗرے یہن ایجاد پسند۔ یَمہٕ اَکھ ژٕ وٕتہ یار کِنز
چھُ سُہ اَکھ اَندر تہٕ نوو انداز پادٕ کران، ییمہٕ کِر کِتہ تُسند ہیرو ییک وَق ڈاننگ
ٹیبلس پیٹھ سوندر حالہٕ ہند آسنکُ حظا تہٕ چھُ تُلان تہٕ پارکہ منز چھُ تگہ انس ستیٕ حالہٕ
تہٕ گندان۔ یِمہ ساریے وَنتہ تہٕ وُنی چھیہ درس تہٕ صحی مگر یہو منز چھُنہٕ کانہہ تہٕ چیز
سائنس ییتھ لفظ ناولس پھیش دوان زٕ ناولہ ہنز یرن چھیہ کہانی تہٕ کہانی چھیہ
زمانکہ مُناسبتہٕ موجوب شیر تہٕ آمتین واقاتن ہند بیان۔"

زمانکین حدن اندر بند اُسہ سارنے برونہہ کنہٕ چھُ زمانہ یے ستونگ پاکٹی برق رفتاری
سان ژلان تہٕ لر دوان، اَکھ پیٹھ قولو لبن چھُنہ ھٹھ کتھ، یوہے وَق چھُ پرتھ چیزس
کھالان تہٕ تہٕ دالان تہٕ بناوان تہٕ تہٕ وُجاران تہٕ، وقتہٕ بِنش ہیکہ نہٕ کانہہ تہٕ ژلتھ
کنہ تہٕ شیکسپیٹر تام نہٕ زُدٕ زاژن ہنز چینہ کتھے، اَدٕ تخیل کس دُنیہس منز
بوٗڈِتھ چھُ وَق تخیلُ وٲلی ہند باپتھ زنتہ رُہتھ گژھان (حالانکہ یہ چھُ محض
باس) تہٕ سُہ چھُ عام زندگی نِش نھود کھستھ ہیٔن الگ دُنیاہ آباد کران مگر
آسان چھُ زمانکس اَکتی تل، ییتھے کنی چھُ ناول نگار تہٕ باصے وقتہٕ نِش نھود
کھسان تگرتس چھُ بہر حال وَقتکین حدن اندر اندر روزُن۔

کہانی تہٕ زمانکُ رشتہ موجود آسنہٕ ستیٕ چھُ ناول نگارن باپتھ

پیٹھ منٛوٗر ٲوری زٕنِس اندر آسہٕ تخلیقی ناوابستگی تہٕ فنکارانہ جذبہٕ ۔ ہرگاہ یمہٕ زٕ کتھ تس
اندر آسن تہٕ سُہ ہیکہٕ نہٕ ساگرٕس وۄدنہٕ سوٗدرس منٛز طوٗفانی ملران وُزناوِتھ تہٕ گنڈناوِتھ
تخلیقی ناوابستگی آسہٕ چھُ تُلہٕ ٹارٕ وُچھنُک مسلہٕ مگر جذبٕچ شدت تہٕ آسنہٕ کِنہٕ چھُ زۄدُر ٹھِتھ
تہٕ تفصیلس کأم ہیتھ تہٕ زٕھرکُ تہٕ ویرٕھیہٕ ہُند احساس یادٕ گژھان ۔ جذبکُ
وُشنیر چھُ تخلیقی کارس حوصلہٕ تہٕ تخلیقی زۄرٕ بخشان تہٕ فنکارس عظمتکین
سرحدن تام پلہٕ کرناوان ۔ جذبکُ وُشنیر چھُ بدصوٗرتی تہٕ خوبصوٗرتی منٛز تبدیل
کران ۔ دراصل چھُ جذبکُ لوٗہہ وُشنیر تہٕ سرٛیہٕ تخلیقس الہام کین سرحدن
تام واتناوان تہٕ اَمہِ ویرٕھے چھیہٕ تخلیقس ترناوان تہٕ برونٛہہ ترٛن بیپر چھُ بیمہٕ
آسان ۔

# کردار

ناوِلہِ منز کہانی ہندی مختلف گوشہٕ تہٕ الگ الگ پہلوٗ گاشراونہٕ پتہٕ گوو یہِ
کھرزِ کہانی چھیٖہٕ ناوِلہِ ہنز پُرن تہٕ پرنہٕ وراے کرنہٕ تامبرگ تصوٗر چھُ تتھے پاٹھی ناممکن
یتھ کنی کرسنز قدرتے کانہِ ہند تہٕ تانہٕ کوٗٹھو تھمبو وراے مکانک استادہٕ روزُن
ممکن چھُنہٕ۔

کہانی ہُند پڑاو زینہٕ پتہٕ چھُ ناولہِ ہُند بیاکھ پڑاو۔ یہ پڑاو چھُ سہٕ یتھ
اسہِ نم رنگارنگ لوکھ یا زوٗہٕ زاتھ سمکھان چھیٖہٕ تہٕ بُتھی لاگے چھیٖہٕ گژھان، یمن
کردار چھِ وَنان۔ ڈکشنری منز درج وبرتھنہٕ موجوٗب چھِ کردار لفظس واریاہ
ملنے۔ انگریزی لوغاتس منز درج کریکٹر یا کردار گو اَچھر، کانہہ خاص نشانہٕ،
علامتھ یا عکس بیتر مگر ادبی ورتاوہٕ موجوٗب چھُ یہ لفظ ژینہٕ وَن دوان زِ کردار
گیہِ سو شخصیتھ یمیٖس ناولہِ یا ڈرامہس منز تخلیق کار تخلیق چھُ کران۔ یتھ پاٹھی چھیٖہٕ
کتھ کھرِ سپدان زِ تخلیق کار چھُنہٕ کردارس وَنہٕ بیٹھ تُکیتھ ناولہِ، کہانی یا ڈرامہس
منز مسندس بیٹھ بہناوان، بلکہ چھُ سہٕ کردارس یا کردارن تتھے پاٹھی تخیل کس
دُنیہس منز گران تھران، شیران تہٕ سمبالان یتھ کنی مصوورِ پنُن شاہکار
ناولہِ ونزِ پُرِشُن [illegible]

تھَہ دِنہٕ ہیٚس پھران چھُ یُس گوڈٕ تٔسندِس تخیُلس منٛز آباد چھُ آسان تخلیق کار ہرگاہ کِردارس تہٕ بیٚیہٕ تُلیتھ تمِی آیہٕ پیش کرِتھ کِردارس منٛز کوٚسہٕ کوشش روزِ مصورس تہٕ تخلیق کارس یا ناول نگارس ییٚتہٕ منٛز چھےٚ اکھ فرق زِ یوسہٕ کأم مُصورٕ رنگن چھُ ہیوان سوٚ کأم چھُ ناول نگار یا تخلیق کار لفظن ہیوان۔ ناولہِ ہنٛز کہأنی چھےٚ ناول نگار سٕندِس ذہنس منٛز وارِیاہ کال برونٛہہ ڈمب آسان بُجرِتھ تہٕ سُہ چھُ اکھ لوٚتہٕ تامتھ اَندری اَندری گران تہٕ ژران یوٚتہٕ تامتھ بأوژ ہٕسُند امار گرِیتھ چھُس دِوان۔ یتھ پأٹھی کہأنی وَرأے ناول ہیٚکہِ نہٕ آستھ تتھےٚ پأٹھی ہیٚکہِ نہٕ کِردارو وَرأے ناول پھٕلِتھ تہٕ پھاپھلِتھ۔ کِردارن ہنٛز کتھ گران چھُ فورڈ لیکھان :-

لوٚتہٕ تامتھ میٚہ یاد چھُ تہٕ میٚہ پرِ اَمیک یادداشت تھاوُن زِ فکشنہٕ بابتھ کوٚرنہٕ میٚہ اصلی زندگی ہٕسند کانہہ کِردار استعمال۔ میٚہ تھاوِ یُڈ احتیاط سان ہنٛز کینٛہہ تُوٚ صنوٚبیٚژ زٕ وٕرِ۔ یہٕ کوٚرنہٕ میٚہ اَمہٕ کنہٕ زِ یہٕ اوسُس ہہٕ لوٚکن ہٕندی اَگیاس چھوکرِ داأوی کرِنی یرٔژھان، بلکہ اَمہٕ کنہٕ زِ فنی اعتبارٕ چھےٚ یژھ عمل سیٹھاہ خطرناک۔ بلکہ چھُ یُتھ طریقہٕ کارے مُضرٕ"

کِردارن ہٕسیٚتھ چھےٚ اکھ کتھ صنوٚرٕ وٕر زِ کینٛہہ کِردار چھِ اہم رول نِکھہ دالان تہٕ کینٛہہ چھِ تمن تابیٚن آسان۔ یتھہٕ پأٹھی چھےٚ کِردارن تہٕ زٕ اہم باگنیہ۔ اہم کِردار تہٕ ڈٔکھی کِردار۔ ڈٔکھی کِردارے چھِ تابیٚن کِردار تہٕ یم چھِ لوکٕٹ موکٕٹ رول کران مگر یِہندِ روزنہٕ تہٕ چھےٚ پننہٕ اہمیتھ۔ پرزٕ چھُ یہٕ زِ کہأنی تہٕ کِردارن چھُ پانہٕ وأنی نمگ تہٕ مازٕگ رِشتہٕ۔

کِردارن متلق چھےٚ ناول نگارو پننہٕ پننہٕ طریقہٕ تجربن ہنٛز بادھ کرِمرٕ تہٕ کینٛہہ نزتھ کینٛہہ وٕرِنہٕ مزٕ یمن ہٕنٛز اوہ بیرٕ گوسہٕ چھُ۔

جارج سینڈ چھُ لیکھان :-

"بہٕ چھُس نہٕ طنزٕ لیکھان ۔ میہٕ چھُنہٕ پتہٕ عبرٕ زِ یہِ چھُ تہٕ چھُ کیاہ ؟ ۔ بہٕ چھُس قلمی چِہرٕ تہٕ لیکھان تہٕ چھُنہٕ میون طریقہٕ ۔ بہٕ زانہٕ ایجاد کرُن ۔ یمَن لوٗکَن پیٚیِ چھُنہٕ زِ ایجاد کتھ چھہِ وَنان تِم چھہِ پریتھ جاپہٕ اصل ژھانڈِتھ پاؤنیاپَس دوکھ دِدان تہٕ فنس کھوکھٹ زٕد کَران"۔

جارج سینڈٕ سُند ایجاد کَرُنے چھُ تخلیق کارٕ سُند دُنیاہ ۔ یہ چھِ حسین دُنیاہ چھاوُن چھُنہٕ پریتھ کانٕہ سُند ہنٕرٕ ۔ یہ چھُ تمہِ چھاوُن نِگان یمَن تخلیقی صلاحیتھ، ذہنی وُسعت، تجربن سُند وُسجار تہٕ زٕتٕرن بَل آسہِ ۔ اصل ژھانڈن گو فوٹوگرافس نِش گژھِتھ فوٹو نِلی اَنُن تہٕ اصلس نِکھہٕ اَستھ تہٕ چھُ فوٹو بےٚ زُو ، تخلیق کار چھُ یتھہٕ فنکہٕ زورٕ پریتھ بےٚ جان چیزس منزٕ زُو زِ یتہٕ حرکتھ تہٕ جودتھ پادٕ کَران ۔ فوٹو چھُ بہرحال فوٹو تہٕ مصوری بروٚنٹھ کنہِ چھُ اکھ دویُم درجہ ۔ یوہے تخلیقی تیتھہٕ مصور سندِس برُشَس منزٕ چھپہٕ بےٚ جان کیمرا کرِ تہٕ نام پلہٕ ۔ اکھ سِلسلس منزٕ چھُ تخلیقی عملہِ ہنزٕ باوَتھ کران فلابیرٕ وَنان :-

"بہٕ چھُس اکہِ پھِر یتہِ وَنان زِ لوٗکن چھیہِ تلمیح درینٹھی پوان یِیلہِ زِ تن پیٚرٕتھ کَنھے چھُنہٕ ۔ مادام بوویری اندوانتاڈِتھ پرٕژھکھ میہٕ واریاہ پھِر ۔

"یہ چھا مادام ایوہے بہٕ پیش کرٕنی یِژھان اوسن ؟" میہٕ وَاژٕ ووٚدِ پرن ہنزٕ واریاہ چِٹھہٕ یتھو منزٕ اکھ شخص زِیکُے اوس تِمی کوٚر میہٕ تَس بدلہٕ ہتہٕ پانچھ مُبارکھ (اکھ بےٚ پرژھ زٕنی آسہٕ کنہٕ)

سینی انچھ یرہ کین سارنے کینمسٹن باسبوو پٹن پان ہومیس سُند رِوٗپ تہٕ آسی میہٕ تہار پرژھان لانہٕ ، مگر سارنی سُرٕ چھُنہٕ پُکتھ اِرسیٖد

میٚیہ پانٛژھ وٚری پتہٕ دٔریاف) زِ تمہِ وقتہٕ اوس افریقہس منز اکھ فوجی ڈاکٹر
لیسٹر زنانہٕ مادام بووری اُس تہٕ سو اُس مادام بووری ہِتیٚ زلان۔ اکھ سُہ ناو
یُس میٚیہ بووارٕ ہٕ بدل ایجاد اوس کوٚرمُت۔

یہ سوٗرُے وَننُک مقصد چھُ یہ زِ لوٗگھ چھِ اَسہِ قصد مٕنٛزٕ کُرِتھ غلطی ییٚتھ
ییلہِ زَن اَسہِ کانہہ قصد چھُنہٕ۔"

پنٛنِس بیانَس منز چھُ فلابیٚرَن تَتھ طلسمس نہٕ جادِس کُن اِشارٕ کوٚرمُت
یُس تخلیق کارٕ سِندین تخلیق کرٕنٛزِ ہٕ مِنٛلین کِردارَن منز آسہِ۔ (بشرطیکہ سُہ آسہِ
مکمل تخلیق کار)۔ کِردار نگاری ہُند اعجاز چھُ یوٚہے زِ پرِتھ پرَن وٲلِس چھُ یمَن
کِردارَن منز پزٕرُک رنگ دِرینٛٹھ لبان تہٕ ییتھ پاٹھی چھِ یم کِردار فردن بدلہٕ مکمل
سماجُک روٗپ اُچھَن برونٛہہ کُن اَنان تہٕ یہ جودٕ چھُ سُہ آسہٕ نیتھ منز اَکِس
پتھ اکھ رنگ ہُبان تہٕ پھاپھلان چھُ تہٕ پرَن وٲلِس چھُ لوٚکہٕ پاٹھی قوبوٗہَس منز
تھاوان۔ چنانچہ پنٛنہٕ شاہکار ناولہِ "مادام بووری" ییٚتھ کٔتھ کران چھُ فلابیٚرَن لیوٚکھمُت:۔

"مادام بووری منز چھُنہٕ کہیں پوٗز۔ اَمہِ کہانی چھےٚ سیٚیہ سیوٚد ایجاد۔ میٚیہ
چھُنہٕ کُنہ تہٕ جاے اَتھ منز پنٛنین اِحساسَن ہٕلے دِژمژٕ۔ میانہِ زندگی ہُند کانہہ
تہٕ رنگ چھُنہٕ اَتھ منز شامل۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ وِہیب (پزٕرُک) تخلیقس منز (ہرگاہ
اَتھ منز کُنہ رنگہِ موجوٗد چھُ) غار جانبداری تہٕ غار جذباتی طرزِ عملہٕ ہِتیٚ پادٕ گوٚمُت"

ژھوٚرِ تھ چھےٚ ییتھ بیانَس منز ییتھ نوٗقطس وَنٛنُے آمُت کرنہٕ زِ اَمہِ
کتھِ باوجوٗد زِ مادام بووری ہُنز کہانی چھےٚ فلابیٚرٕ سِند تخلیقی ذہنُک پادٕوار
یتھ دہلیوٚ چیز و رنگ چھُ کھوٚلمُت۔ اکھ یہ زِ تمیٚ آدرووہٕ پنٛنین پان اَتھ اندر
ٹھکہٕ رٔژ لیکھنس دوران تخلیقی گتہٕ تابین، غار جانبدار روٗزِتھ بنووہٕ تمیٚ کُنہ خاص

نو وقط نظرُک پرٛچار کرُن مقصد ۔ یِم نقشہٕ تِہٕندی تخلیقی ذیٛہنَن تخیُلَس منٛز بناوِی پَتہٕ
اُسی تِمے نقشہٕ تارِن تصورکین پرَن پیٹھ سوار کٔرِتھ لفظن ہندی جامہٕ وٕلِنٛتھ کاکدس ۔
ناوِلِ منٛز آو زندگی ہُنٛد وسچار تہٕ وونٹرار نِنٛتھ کُنہ کومہٕ زٕ اَکِس تخلیقی کہانی پیٹھ
گوو پرِن والین حقیقی ڈلیلہٕ ہنٛد بِرٛم ۔ یوٗہَے برم تہٕ وٕنیب چھُ فنس عظمتکین
تھٔرُن ہُنٛد سأل گزناوان ۔ سُہ کِردار چھُ دِلچسپ بُنان یُس دلچسپی ہندی ساماہن
ہیٛتھ ہیٚہ ۔ ناوِل نگار ہرگاہ کِردارس رنٛگ روغن کٔرِتھ پیش کرِ گوڈٕ نِنتھے چھُ سُہ
عملی دُنٛیا ہہ لِش دوٗر گژھان تہٕ عستی چھُس نگن گرٕی ہُنٛد زھوکھ لگان ۔ کِردار
اُسن کاہہ تہٕ سُہ چھُہ واریاہَن فقن ہتر سوٗمبرِن ۔ اَتھ کِتھِ کُن اِشارہٕ کران چھُ
اَکِس جایہِ جارج سینٛڈ لیکھان :۔

"یہٕ چھِہٕ انسان تِنٛتھے یِرٛھان وُچھِن ہُنٛدِ سُہ ژٕکہ چھُ ۔ سُہ نہٕ چھُ جان تہٕ
نہٕ ناکارہ ۔ سُہ چھُ بدہے کیاہ تام ۔ جان تہٕ ناکارہ اَستھ تہٕ چھُ تَس ووندیل ۔ یُس
تَس بیاتہٕ زیادٕ ناکار گیٚن تہٕ رژھا جأنی کُن چھُ پکناوان تہٕ تَنٛہٕ سبٹھاہ رُتت
اَستھ پیوٕنت کھنڈ بد چھُ بُناوان ۔"

انسانَس (کِردارس) ہنٛدِس اصلی روٗپس منٛز وُچھنک اِشارہٕ کٔرِتھ چھِنٛہ
جارج سینٛڈ ناول نگأری پرٛچہٕ نوٗیپی ہندس درجس پیٹھ والِن بٕرٛتھان ، بلکہ چھُ
تَس یہِ مقصد زٕ انسأنی شخصیتس منٛز یُس ازلی تضاد چھُس تِمُچ باوَتھ چھیٚہ
ناوِلہِ ہنٛدِس فنس لوچھِر بخشان ۔ انسان نہٕ چھُ سرہم دِونتا تہٕ نہٕ چھُ فرشتہٕ
تہٕ نہٕ شیطان ، بلکہ چھیہٕ تہٕندس شخصیتس منٛز یمن دوشوٕ ذٕ چیزن ہنٛز
اَڈٕرن ۔ او ۔ کمی بیشی ہیکِ اَستھ ۔ ناوِلہِ ہنٛدِ فنک نقاضہٕ چھُ زٕ پرستھ کِردار

ہنٛز شخصیتھ گژھہِ تحریریں منز ساری رنگ ہیتھ برونہہ کُن یِنہٕ۔ سہ تضاد گژھہِ پوٗر
پاٲٹھۍ ناولہِ منز پیش سپدُن یُس تضاد انسانہٕ ہندِس شخصیتس تہٕ ساریسے انسٲنی
زندگی منز نفسیاتی پٲٹھۍ لبنہٕ چھُ یِوان۔ شاید چھُ اَے جین آسٹنن وَنُن یِیوٗمُت:۔

"توہہِ چھُوہِ پَے زِ مثٲلی تصویرٕ چھیہٕ مےٚ نالہِ کِنہٕ اَنان تہٕ زِکھ کھاران"

ناولہِ منز چھُ لیبلہِ پاٲٹھۍ انسٲنی کردارن ہُند پھیرُن تھوٗرُن تہٕ دَدُن دورَن
درینٹھی یِوان تہٕ کہانی چھیہٕ کردارن ہندِ ذٔسی برونہہ پکان۔ یوٚدوَے زَن حیوٲنی
کردار تہٕ بٲضے پیش چھِ کرنہٕ آمتۍ مگر یِمھی کردار پیش کرنس منز چھیہٕ گنٛز رِپھے
لوٗکن کامیٲبی باگہِ آمژ۔ حیوٲنی کردارن مُتلق کتھ کران چھُ اے ایم فورسٹر ونان:۔

"حیوٲنی کردارن ہندِس نفسیاتس مُتلق سٲنۍ زان کٲری چھیہٕ سیٹھاہے کم۔ بنان
چھُ بلکہ چھُ اَمیُک سیٹھاہ امکان زِ یِہِش کالکین ناول نگارن منز سپدِ ژُرندان ہنٛز
کردار نگٲری کرنس منز ہاونی تہٕ باوٕنٕ لایق تبدیلی "MAN FRIDAY"
تہٕ 'BATOUALA' ہس درمیان ژھین ہیکہِ از برونہہ زِ یِتھہٕ وری کپلنگ ہندین
رامہٕ ہوٗنین تہٕ ہنزَن ادبی تخلیقس الگ تھاوان وٲلس ژھینس کرِ لوٚر آسنہٕ۔
بَنہٕ وُن چھُ زِ اَسی وُچھوکھ تیتھۍ انسان ہمیشہٕ استعٲری آسن تہٕ نہٕ آسَن رَخ بدلاوتھ
ٹھنگتھ ہوی۔ تم آسَن تہٕ ژوٚن رنگن ہیٹھ یَکَن وول میز تہٕ نہٕ آسَن رنگین کاغز
کین وُڈٕ ہٕنین جانوارن ہندِ خالہِ خط۔ یِتھہٕ پاٲٹھۍ ہیکہِ سائنس ناولہٕ سأدِ ردار
موضوع فراہم کٔرِتھ تہٕ اَتھ گژھہِ داناہٕ کُشادٕ۔ اَمالوٗز ڈُنیکتام سپدنہٕ یُتھ ہیو
اَتھ داس تہٕ لوٚتام تہٕ یہ اَتھ داس سپدِ لوٚتام ہیکَو اَسی ؤنتھ زِ کُنہٕ تہٕ کہانی ہندی
کردار چھِ انسان تہٕ نہٕ تیتھ کینہہ یُس انسان شکلہِ پیش چھُ یِوان کرنہٕ۔ یہ
زانتھ زِ ناول نگار چھُ پانہٕ تہٕ انسان اَمہِ کِنہٕ چھُ ناول نگارس تہٕ ہندس

موضوعس درمیان اکھ ہشر لبنہٕ یوان یہ ژٕن فنہٕ کین دۄیمین شوبن منز دریٹھو یوان چھِنہٕ۔ وُچھنہٕ کنِ چھُ تواریخ لیکھن وألس تہٕ بخٲکس موضوعس ستیٖ ہشر تمگرتس چھُنہٕ پتنس موضوعس ستیٖ کانہہ سوٗن واٹھ آسان۔ مصورس تہٕ مُرتہٕ گرِس تہٕ چھُنہٕ اَمہِ رٔشتیچ تہٕ ہشرچ ضرورت۔ بیانہٕ وننک مطلب چھُ زِ پانہٕ یٔژھنہٕ ورأے چھُنہٕ یمِن انسٲنی کردار برونہہ کنُن۔ اَمیُک ضرورت آسان سیٹھے پاٹھی چھُنہٕ شاعرس تہٕ بلبلہٕ پاٹھی اَمہِ ہشرچ بارشتیچ ضرورت۔ موسیقار ہیٚکہِ نہٕ یژھنہٕ باوجود کُنہِ پروگرامکہِ اَکھ رٔژٕ ورأے انسٲنی کردارن ہنز عکٲسی کٔرِتھ۔ یمین ہم پیشہ دوستن (شاعر، مصور، بینر) مقابلہٕ چھُ ناول نگار وارہٕ ہیس تیدادس منز لفظن ہنز مُرتہٕ ٹھران یمہٕ کم کانہہ تستدے یَنُن اَتہٕ آسان چھیٚہٕ (فنہٕ کین زاوی جارن پلیٹھ سٔیدرِ ینہٕ یہن گنتھ ہیٚے چھُ تمن ناوکھوان تہٕ تہنٛد جنس مُتنخص کران۔ تمنز ودہٕ تھ بیٚھ کانہہ اَمان تہٕ تمن کنہٕ کرناوان تہٕ علمہٕ ہندسس مأدانس منز چھُ تہنٛد طریقہٕ کار کھرکران۔ یمے لفظ مُرتہٕ چھیٚہٕ تستدی کردار آسان۔ یم چھُنہٕ بٔے جبر پاٹھی تستدِس ذہنس منز یوان، بلکہ چھِ اَہنزِ اَکس تحریکہِ، (اَکس لہرِ) تھفنہٕ یوان"۔

نوسترہسند بیانک ہرتنہ چھُ بی زِ کردارن ہنز ٹیڈ اکثر یتھ چھیٚہٕ انسٲنی رٔوپس منز یرن والین برونہہ کنُن یوان۔ یہ سلسلہ روزِ برابر نوتام جاری یوتام نہٕ کہنہ تیٚتھ سٔیدرِ بیٚمہ ستیٖ ناولہٕ ہنٛد مأدان تبدیل سٔیدتھ سوہکی نہٕ غلی یکہِ میزان بدلن۔ کہنہ نوٚو تہٕ وکھٔت بارسس یہ۔ ناول نگارس چھُ موضوعس ستیٖ ہشر آسُن، تہٕ صورتِ حال گژھیس اُچھن تل آسُن یُس تَس پیش آسہٕ کرُن۔ اَتھ دأیرس منز چھِ کردار تہٕ یمن کہانی منز رگن

تہٕ ناگرن ہُند درجہ چھُ حاصل ۔ "بیہٕ غدٕری ہُنر تحریک" یتھٕ کُن فورسٹرن اشار چھُ
کوٚرمُت ۔ چھیہٕ دراصل سو ترپھ تخلیقی عمل یتھ دوران تخلیق کار رٕزتھ رٕزتھ سوٚمبران
چھُ گرنھان تہٕ اکھ نقشہٕ دوتلیتھ چھُس دوند شدرس گرتھ لگان ۔ یہ گرتھ چھیہٕ چھیکرس
جیبرٕ بنتھ لفظن ہُند پوشاکھ لاگتھ کاگدس پیٹھ جاے رٹان ۔ یہ چھُ مُستی ہُندُ عالم
یُس ہُشاری تہٕ ہیٚندرِ دوشوٚنی نکھہ ڈکھہ اسِتھ تہٕ دوشوٚنی نِش واریاہ دوٗر چھُ ۔
امہٕ وقتہٕ چھُ تخلیق کار صرف تخلیق کرنہٕ باپتھ ہُشار آسان تہٕ تَس اندی کیٚچھ دُنیاہ
چھُ بیہٕ مانے بنان ۔ پانٕ تہٕ اکھ مرحلس پیٹھ تَس مُشتہ آسان گومُت تہٕ تخلیقی عملہٕ
ہُندِ بن ملران پیٹھ سوار سپدتھ چھُ سُہ دُنیہن ہُندی سال آسان کران ۔ مُستی
ہُند یوٚہے ماحول چھُ تحریرس سوٗ نیہہ تہٕ رس بخشان ییمہٕ کِنہ تحریرکیہہ اکھ ادبک درجہ
چھُ حاصل بیلان ۔ ہرگاہ تحریرہ امہٕ مستی ہُند باسس دِ یہ تہٕ تتھ منز آسہٕ اڑ آفرینی ہُنر ورتھے ۔
اتھی بیہٕ غدری ہنر تحریکہ چھہ تم کردار ستی آسان یم تخلیقس منز بھیران ٹھوران چھ ۔
مگر یمن ہندس گرتس تہٕ تزرنس منز چھُ تخلیق کارس واریاہ مرحلو نیرٕن پیوٚمُت
آسان ۔ تَس چھہ کردار بیٚنہٕ بیٚنہٕ تہٕ رٕزتھ رٕزتھ تامیر بھوان کرِنی تہٕ اکھ
تامیرس منز چھُ تَس یُنُن تخیل ، مشاہدٕ تہٕ تنقیدی نظر ڈکھس آسان ۔

ورجینا وولف چھیہٕ کردارن متلق رایہ ہند ذکر کران کنھہ یتھ پاٹھی اندبور دوان ۔

" بیہٕ چھیہٕ بدتھ زسارنے ناولن ہُند ناتی چھُ کردارس ستی تہٕ یہ عمل چھیہٕ
کردار پیش کرنُک عمل ۔ امیک مقصد تہٕ چھُ کُنہ عقیدک تبلیغ نہ پاٹھ گیوٚنی تہٕ
نہ برطانوی سلطنچ شان نیچھ ناونی ۔ امہٕ تہٕ آو ناولہ ہُند گرتھ وجودس یُس لوٚنت
بیہٕ ڈول ، لفظو ستی آدرتھ تہٕ غار ڈراماینہ ستی لوٚت زرخیز ، لچک دار تہٕ زندٕ چھُ ۔

کردارُک بیان یِہ زَن میٖنہٕ وۄنمُت چھُ، مگر تِتھٕ لاگو یکدم سوچُن پزِ یمَن لفظن ہیکن زیٹھٕ زیٹھٕ مانے تہٕ مطلب کڈنہٕ پِھتھ۔ وَق پزِ مقام چھُ ییلہٕ ہن وۄاٹھ سُند مزاز تہٕ تعمیر تُل نھاوُن۔ تو ہرہ چھوٚ کردارس منز اکھ کُتھ لورزن لوان تہٕ میٖنہٕ بیاکھ۔ ہُنز وُنزِ اکھ چھُ یہ مانے تہٕ بہ بیاکھ۔ تہٕ بیٚیہ سا تہٕ یہ تحریرس منز لوان چھُ بر یتھ کاہنہ چھُ پننیو اصولو موجوب ترٲر کران۔"

کردار پیش کرنس منز چھُ اکھ خاص احتیاط کرُن۔ ہرگاہ کُنہ ناولہٕ ہُند کردار کُنہ رنگہٕ جبہٕ خوتو نہٕ یا دیدہٕ دانہٕ ہتہٕ واٹھ آسہٕ کھوان مگر تی آسہٕ نہٕ بلکہ آسہٕ اَمہِ ہُر بچانہٕ یا اَمہِ نِش ڈُلتھ رٚتہٕ چھُ ناولہٕ ہُند کردار۔ اکھ کردارُس تخلیق کارن تخلیق چھُ کوٚرمُت۔ ووڈ ہرگاہ یہ کردار عاَم تہٕ عاَم جبہٕ خوتو نہٕ یا دیدہٕ دانہٕ یا بیٚیہ کاَنہِ تواریخی کردارس نقل آسہٕ۔ اُتھ کردارس منز چھُنہٕ تخلیق کارُسند کاہنہ حصہٕ۔ یہ چھیہٕ اکھ چیز اُکس جایہِ تِتھ دوٚیمہِ جایہِ تھاوُنچ عمل بیتہٕ یِژھ عمل ہیکو نہٕ اَسی تخلیقی عمل گَنزرٲوِتھ۔ بقولِ فوسٹر چھیہٕ "یِژھ کِنتھ تذکرہٕ۔ یہ تذکرہٕ چھُ تواریخ ییٚنچ بُنیاد واقاتن بیٚٹھ آسان چھیہٕ۔ ناولہِ ہنز بُنیاد چھیہٕ واقاتن تہٕ تمن منز ژھ کُنبُٹھ کرنس تہٕ ہُر راوِنس تہٕ چھوٚنی راولس بیٚٹھ آسان۔ اَمہِ منز کوتاہ زُڈزِ تہٕ کوتاہ نراٲوِزِ ہُنگ دار مدار چھُ ناول نگارسندس مزازس بیٚٹھ آسان۔ تہٕ واقاتن ہُند لوٚہے میقدار چھُ یُہندس مزازس منز بندیلی انان تہٕ اکثر گرکھس بدلاوی پھے نھاوان۔

ژھ کُنبُٹھ تہٕ ہُر بر کرنچ عمل چھیہٕ مورخس تہٕ ناول نگارس اکھ اَکس نِش دور کران۔ مورخ چھُ تِتھہٕ تامین یہ سپُدمُت چھُ، تہٕ ہیکہِ نہٕ اَمہِ نِش اکھ قدم

تہٕ بروٚنہٕ ہیٚرِتھ مگر ناوِل نِگارس چھِنہٕ کانٛہہ پابندی۔ تخیٖل ڈکھ پٕرِتھ ہیکہِ سُہ پرٚتھ
چیٖزس شکل تہٕ صوٗرتھ بدلاوِتھ، پنٕنِس رٔنگٕ کِرِتھ نوٚو تامیٖر کٔرِتھ۔ سُہ چھُ خالق تہٕ تیٚتھ
جاے پٮ۪تِس پٮ۪ٚس رنٛگ خوش کرِ سہ رنٛگ کرِ استعمال۔ مگر موٗرِخ چھُ واقعاتن ہٕندِس
پنٛجرس اَندر بنٛد۔ یُتھوے یِم دوشوٕے زِندگی ہٕندِ دُکلٕے مال نِلان چھِ مگر دوشوٕنی
ہُنٛد منصب چھُ بیوٗن بیوٗن۔ ناوِل نِگارس کٔمہِ ہُر گاہ سُہ ایجادس کام ہیٚیہٕ تہٕ
ہرگاہ موٗرِخ ایجاد کرِ تٔمسُند موٗرخانہٕ وقار گژھِ چھوکہٕ لَد۔ بیاکھ اہم کتھ چھیہٕ یہِ زِ
موٗرِخ سُند دایرِ کار چھُ صرف خارجی حالاتن تہٕ واقعاتن کُہ مہِ اُنٛدنِس تامٕے مُوحدوٗد۔
ییلہِ زَن ناوِل نِگار یا تخلیق کار ہٕنز نظر خارجہِ علاوٕ کِردارن ہٕندِس اندرُونس بیٚتھ
تہٕ آسنی گژھِ۔ ییتھ پاٹھی چھُ ناوِل نِگار تِمن کھٹِتھ گٔنٛڈن پتہٕ تیٚتھ پوٗشیدہ زِندگیہ
تہٕ زٕلوٕ عطا کران یُس تام واتُن نہٕ موٗرِخ سُند منصب چھُ نہٕ نہٕ چھُ تٔمِس اَتھ عرسنی
کانٛہہ نالُق۔ ناوِل نِگارس چھِ تِم اَندر، ورنہٕ کھرِ بروٚنہٕ کُن اَتھ کتھ پیش کرنی،
ہِم ساری چیٖز انسانہٕ ہٕنز داخلی زِندگیہ ہٕند حصہٕ چھِ۔ تِس چھُ انسانہٕ ہٕندِس
بیرُونس مُتعلق تٔمسُند اَندرُون تہٕ پیش کرُن۔ موٗرِخ چھُ نہٕ لیکھان یہِ گوڈٕے
سُہ ہُنٛد مُت یا تحریر سِپدمُت آسہِ۔ مگر تخلیق کارس چھُ بیٚیہٕ زبان خاہشن تہٕ
اُمارن، ذہنی کشمکش تہٕ روٗحانی اضطرابس باوٕژ عطا آسان کرُن، یُس وُچھنہٕ کھوتہٕ
زیادٕ دایر نٔگ تہٕ زتر نگ مامِلہ چھُ۔ یِہٕ خوتوٚن یا دیدٕ رانہٕ ہُند خارجی وجوٗد پیش
کرِتھ ہرگاہ سُہ تٔمسُند داخلی دُنیاہ پیش کرِس منزٕ تہٕ کامیاب روزِ سُہ چھُ
تذکرِ نِگاری ہٕندی سرحد منٛڈِتھ تفرُدن کھوم کران۔

کردار نِگاری ہٕندین اہم گوشن کُن اِشارٕ کران چھُ رِچاڈ کمبر لینڈن لیوٚکھمُت:

" میٚہ چھُپہٕ اکھ مثالی کردار تخلیق کرنُک کانہہ یرادٕ تہٕ کیازِ عالم انٲنی بنٲنس پتھ وارہٕ ہیٚس کانٛس تاثُر ترٛاوتھ یِیِہ تہٕ میٚہ یژھہ اکھ نٔو مثال بُتھ۔ یِہنٛدا کیتھ پاٹھی دیتھ یہ تہٕ یہ میٚہ اچھو وُچھہ۔ اکھ مقابلہٕ ہرگاہ بہٕ ہیٚر لیس ہیو۔ اکھ کردار پیش کرُن یتھ ہُن لیس منزہ شرُک پانٛژ گوب چھ یا ہیلیک فورڈ ہیو یس اندٕ ادلہٕ بدل اوصاف چھہ۔ دہ شوٚنہِ صورتَن منز چھیہ قدرت میٚہ بروٚنٛہہ کنہِ۔"

کمبرلینڈ یہ کیٛہہ وَنان چھُ تمہِ نِشہ چھیہ تریٚہ وَن لگان زِ ناوُل نگارن چھُ بنیادی مواد زندگی نِشی حاصل کران تہٕ زندگی چھیہ سُہ آگُر ییٚمہِ کِس سوتھرِس پیٚٹھ ناولِہ ہندٕ پھبان چھُ۔ زندگی نِشہ الگ کرِتھ ناول گرٛٹنہ نہٕ پارَس انٛج چھ اکھ زھوٚرے خواب۔

ای، ایم، فوسٹر چھُ مورخس تہٕ ناول نگارس منز تفاوتھ ہاوِتھ ییکھان:۔

" مورخ چھُ واقاتن ہند یاداشت تھاوان۔ ییلہِ زِن ناول نگار یِم تخلیق چھُ کران۔ یہ چھُ وَنہٕ تہٕ گھوٚڑ دار مگر ذٔنیہ مند اظہار۔ امہِ کِنہِ اَمہِ سٕتی چھُ دوٚ بدشیچہِ زندگی تہٕ کتابن ہندین انٲنن درمیان بھیر لوٚن نیران۔ دوٚنشیچہِ زندگی منز چھُنہٕ اسہ ہرگز اکھ اکی سُند پوٗرِ پوٗر وَزن پوان نہٕ ٹاکارہِ شخصیتس تہٕ نہٕ اندرُنی شخصیتس۔ اَسی چھ اکھ اکس تیٚبرِ من علامژن ہندِ وسیلہٕ کرِتھ حدس تام زانان تہٕ یہِ کتھ چھیہ سماجی تہٕ ذاتی فرائیچ بنیاد ثابتھ سپدان۔ یوٚدوے اگر ناول نگار ییٚژھہ تیلہِ ہیکِن کرِتھ ناولہ ہندی کردارن ہُند وٲلہ ہند باپتھ فکرِہ ترٛوٚنی اُستھ سُہ ہیکہِ کردارن ہنز داخلی تہٕ خارجی زندگی نیٚہ سنگاہ پاٹھی پیش کٔرِتھ۔"

زندگی ہنز چھل پہل چھیہٕ انانوستی قایم تہٕ انانے چھہٕ ناولہٕ منز کردار بنیتھ ووتلان ناول نگار چھُ سٔنی نظر ترٲوِتھ مکمل انانس اَسہٕ برونٛہہ کنہٕ تھاوان، سُہ چھُنہٕ ناولہٕ منز چھراہ مازٕ ینہٕ یا میٔشر موٗرہٕ بلکہ چھُس اکھ زِندٕ ذاتھ یُس دوٚن سوٚتھرن پیٹھ زِندٕ چھُ۔ داخلی سوٚتھرس تہٕ خارجی سوٚتھرس پیٹھ۔ خارجی سوٚتھرس پیٹھ چھُ سُہ کھیوان چیوان، کٲم کار کران تہٕ دوٚیمین سٟتی روٗزِتھ لسان بسان مگر تٔمسند داخلی دُنیاہ چھُ اکھ پیچیدٕ سوال یتھ جواب گنٛڈی گنٛڈی تہٕ کاہنہٕ حتمی جواب دراونہٕ۔ ناول نگار چھُ اَکھ سارِی پیٚے کومہ اُتھنچ کوٗشِش کران تہٕ اکھ نوٚو دُنیاہ تخلیق کران، یہٕ نوٚو دُنیاہ چھُ کردارن ہنٛد داخلی دُنیاہ یُس نظرن تل پوان چھُنہٕ۔ اَمی بر پوٗر باوژ ہنٛد احساس چھُ فورسٹرس وَنہٕ ناوان:۔

"فِکشن چھُ توارِیخہٕ مقابلہٕ حقیقتس زیادٕ نکھہٕ، تہٕ کیازِ سُہ چھُ واقاتن ہنٛدِ ظٲہری سوٚتھرٕ برونٛہہ امکاناتن تہٕ کاہِ اَنان تہٕ اَسہٕ مٔنز چھُ پرتھ کانٛہہ پننہِ تجربٕکہِ روٗشنی منٛز زانان زِ واقاتَو اَپُور تہٕ چھیہٕ کینہہ کنٛتھ آسان۔ یوٚدوے ناول نگارن پہٕ کنٛتھ صحی پاٹھی کا یہِ اَنہٕ مُرتہ چھینہٕ تو نہٕ چھینہٕ کاہنہٕ کنٛتھ۔ تِمی چھیہٕ اَمہٕ رنگہٕ کوٗشِش کرمٕژ۔ سُہ ہیکہِ کردارن شرکی بنٲوِتھ اندر داخلہٕ دِتھ۔ تِمن کھینہٕ چینہٕ روٗس ہُشار تھٲوِتھ۔ تِمن ہیکہِ صرف محبت تہٕ صرف موجتنکس حالس منٛز بند تھٲوِتھ، یوٚدوے شرط چھُ زِ تٔس آسہٕ یمن متلق تقریبن مکمل خبر اَتُر تہٕ یم کردار آسن تٔمی پانہٕ تخلیق کٔرِمٕتی۔" مگر یہِ چھُ کردارن ہنٛد اکھ پہلوٗ۔ یہِ چھُ اَمہٕ سوالُک اکھ روٗخ۔ اَمہٕ سوالُک چھُ بیاکھ اہم پہلوٗ ماحولس سٟتی ہشر

آسنٕگ پہلوٗ۔ ناول نِگارس چھُ پھِرِ پھِرِ یِوان یہے سوال تمہٕ ساتہٕ یُتھ پیوان بٕیلہ
سُہ کہانی برونٹھ نہٕ چھُ پکناوان "تہٕ پتہٕ کیاہ سپُد؟" یہ اکھ سوال چھُ پتہٕ وار پہن
سوالن زایُن دِوان مثلن "کتھہٕ پاٹھۍ سپُد"؟ ناول نگار بٕیلہ پتہٕ بیٚیہ ہِش ژِھتھ
دِوان چھُ تس چھُ بیاکھ سوال اندری پیدا ان "یہ کیازِ سپُد"؟ سوالن ہُند
یُوہے سِلسلہ چھُ تس کِرداران ہِندِس ظاہرس تہٕ باطنس ژھانڈ دیاوان لِس
چھُ تِہُند داخلی تہٕ خارجی دُنیاہ سرگرہ کرُن پیوان تہٕ یہ سورُے دایراوان تہٕ
پیش کران چھُ۔ تس چھِ مختلف پیچیدہ مسلن یُتھ پیوان دیُن تہٕ یِم مسلہ چھِ
الگ الگ انسانن ہِندِس شخصیتس ستۍ واٹھتھ آسان۔ یِم انسان پیش
کران وِزِ چھُ تس دُچھُن زِ کُس کِردار کتھہٕ رُوِس لایق چھُ۔ دُنیاہس منز چھِ
ناوکِنۍ ساری انسان مگر پوز اکھ زون چھُنہٕ دوٚیمِس ژُلنس ستۍ رلان، نکھہٕ اُٹھ
لُس دوٗر بران نس تہٕ انسانس منز چھُ تتھ کُن چھُ ہاوُرن یُتھ شارس منز
خوٗبصوٗرتی سان اِشارٕ کرِتھ اکھ بڈ گتھ دُلہ مزہ

اکی شکلہٕ پھوٚلی متۍ وُچھم سا سہٕ بدی پوشن

ژِ انسان ہیو نو رلان طاٹھ یارو

کِردارن مُتلق چھیہٕ اکس فرانسیسی نقادس سنز یہ رلے زِ تس نِھاون لایق زِ
کِردار چھُ اکھ لفظی تامیر یُتھ کتابہٕ نبر کانہٕ وجوٗد چھُنہٕ۔ یہ چھُ ناول نگار
سنز حیثیت باوُنگ ذریعہ تہٕ اَمیک تالُق چھُ مصنف سندِ ن دوٚیمین تامیرن
ستۍ والبتہٕ۔ ناول چھیہٕ بُنیادی طور اکھ لفظی نقشہٕ یتھ منز مختلف کِردار زِزن
یا بُتھِن ہتر ختی یتھ چھ کھاوان تہٕ برن والی سند تجربہٕ چھُ نفشک سُہ کمل

تاثرٕ ژُس تِہِندِس حیٖتس بیٚٹھ چھُ پیوان"۔

لوٚتامتھ پٔتہٕ ناوِل نِگار اوٚدھا فَن ہٕنٛز اُڈٕمرن گرِتھ رنگارنگ کِردار تھٲوِتھ تہٕ گرِنٛتسند اِحساس کرٕنہٕ لوٚتامِ پرَن والِ سٕندِس حیٖتس مُتاثٕر تہٕ یِم رنگارنگ کِردار ناوِل نِگار پیش چھُ کران۔ خۄصوٗصیژٕ موکھ چھیٖہ ویٚتھٕ پوٚٹھ یا کھٔٹِتھ تہٕ بلگنے۔ ای، ایم فوسٹر ہٕنٛدِ نُقطہٕ نظرٕ موجوٗب ہیٚکو کھ اَسی کِردار دٕون حصن منٛز باگرِتھ۔

"(الف) سپاٹ یا سیدٕ کِردار

(ب) تہہ دار کِردار۔

سپاٹ یا سیدٕ کِردارن اَسی سدا اَہمِیس ہٕتہِ لس منٛز مِزاجیہ کِردار وُنان تہٕ دوٗدٕ چھِہ یِمن ٹایپ یا کِردارن ہٕنٛز بگریٖمٕژ صوٗرتھ وُنان۔ یِہنٕہ کِردارچ اصلی صوٗرتھ چھیٖہ گَژھِہ اکس خیالس یا وصفس اَندی اَندی ناممبر سیدان۔ ہر گاہ یِتھِس کِردارس منٛز تہٕ اکھ کھوتہٕ زیادٕ پہلوٗ نیرَن تمہٕ وِزِ چھُ سُہ تہہ داری کُن یِکن ہیوان۔ یُزی یا کھٔٹِتھ چھُ سیدٕ کِردارچ باوٕتھ" بہٕ کرَن نہٕ مسٹر مکایمہ ہرگز برُباد"۔ ہیوٗ اکھ جُملہٕ ستی سیدان۔ تٔمِس چھُ مسٹر مکابرس اکھ کِردار۔ سو چھیٖہ وُنان زِ بہٕ کرَن نہٕ مسٹر مکابرٕ ہرگز برُباد۔ تمِتین اَستھ تہٕ چھینہٕ سو نہٕ کران۔ "مبہ بیٚر پرسِتھ قسمک نگہ تہٕ فریب دُرناوِتھ نیٚنس آنہٕ ہٕنٛزِ غریبی ہُنٛد راز ژۄدرِ تھاوُن" "BRIDE OF LAMMER MOORE" ناولہٕ منٛز چھُ کالب بالڈرسٹون اکھ کِردار۔ سُہ چھُنہٕ اصل فقٕر ورتاوان مگر اَمہٕ ستی چھیٖہ اَمِچ مکمل باوٕتھ سیدان۔ سیدٕ کِردارن ہُنٛد لوٚڈ فایدٕ چھُ یہ زِ یِم چھِہ بروٚنہہ کُن لِوانے سہل یا کھٔٹِتھ یِہ زِ نادِہ لیوان۔ یِمن دول چھُ جذباتن ہٕنٛزو

اُچھومُن یِہ کٔرِتھ ـ ظاہری اَچھن پٮ۪ٹھ گیٚنٛد پیٚمۍ صرف پھِری پھِری خاص ناوِن ہُنٛد
شوٗد موٗضوٗعس جھٮ۪یہ کران ـ روٗسی ناوٕلن منٛز پٔیدٕ وٕے یِہ ردٕعمل شارٕ ونادٕ پہ
سپدان چھیٚہ ، چھُ بقیہ سان ہمہ ہی اَتھ روٚٹ سپدان ـ یِہ ناول نگارن
طاقتہٕ سان ضرب تراوِتھ ہیکان چھُ تیلہِ چھیٚہ تس کامہِ منٛز آسایش سپدان ـ
سیدٕ (سپاٹ ـ FLAT ) کردار چھِ ہُنٛد بابتھ اَتھ کرٕنی تاپتھ سپدان نہٕ کیٚنٛہہ
کردار دٕبار اَتھ چھیٚہ تس کُنہِ رنٛگہٕ صوٗرت بوان ، یم نہٕ چھِ تھٕسپتھ ہوان تہٕ نہٕ
چھیٚہ ارتقا خاطرٕ یمن پٮ۪ٹھ نظر تھاوٕنی آسان ـ یم چھِ پننہِ باپتھ پانے ماحول فراہم
کران ، تم چھِ گوڈے مقرر کرٕمِتہِ سایزٕ چنِ چمکدار ڈکن ہوی آسان یم شیشس
یا تارکن درمیان اَدرٕ یورٕ تسلی بخش پاکٹی دٕکاوان ـ

سیدٕ کردارن ہُنٛد بیاکھ فایدٕ مند پہلوٗ چھُ یہ زِ یم چھِ پرن والِس ترٕ زبانم
آسایشہٕ سان تٕھٕنیس روزان ـ کردار چھِ تُنٛدِس ذٔہنس منٛز نہ بدلہٕ وُنہٕ والُد
موکھ اَمہِ کٕنہٕ موٗحفوظ روزان نہٕ کیٚنٛہہ حالاتوٕنش اثر قبوٗل کرتھ چھیٚہ یمن منٛز
کانٛہہ تبدیلی یوان ـ تم چھِ حالاتن ہُنٛدس چکرس ستۍ حرکتھ کران روزان یوسہ
پتھ کالس پٮ۪ٹھ نظر تراوِتھ تمن اندر اوسوٗدگی بخشہٕ وٕنی خوشوٗ صیتھ پادٕ چھیٚہ
کران ، تم چھِ تمہِ ناولہٕ پتہٕ وُجوٗد ڈٕکہِ تھاوان یمہِ تمن زایُن بخشمُت چھُ
آسان ـ ایوان ہیٚزٕنگٕن ہُنٛدس ٹلی کانہٕ ہُنٛدِس کردارس اندر چھیٚہ اَسہِ
اَیِم اکھ جان مثال میلان ـ ڈُلی اسی کرو بینس ذٔہنس منٛز موٗحفوظ تسنزٕ
یادٕن ہُنٛد مقابلہٕ بیکی شارپ ہنزٕ یادن ستۍ ـ اَسہ چھُ زٕنہٕ تس زِنٛدگانی
کیاہ چھیٚہ کران یا تس کم حالاتھ پٮ۪یہِ تُھکِ ـ اَسہ برعکس کُنہ چھیٚہ تہنزٕ ٹاکار

تصویر پتہٕ تِمَن آہراُدِتھ شہ فارمولاہٕ" اَمہِ کنی ژِ ٹاٹھس ماَیس بیٹھ چھُ اَمہِ
کٲم یہاداتَ پنُن اَسہِ تِہنز یاد راز تھاوِتٕ۔" تِہندِ کُلہم پاٹھی تھَدِ پایہٕ مزاجچ
بُزیاد چھِنہٕ پیٔہے۔ سُہ چھُ سوتُر کِردار۔ بیکی ہُند کِردار چھُ وَرل۔ کہانی
ہِندِس پناوِٹھ منز چھِنہٕ سہ تہٕ حصہٕ نِوان مگر کُنہٕ اکِس جُملس منز ہیکہِ
تِہندِ کِردارُک خلاصہٕ پیش کرتہٕ بیتھ۔ سُہ اَسہِ چھِنہٕ سہ ژمُواہم منظر و موکھ
زِہتس ہیکہٕ منز سہ اَسہِ بروہنہٕ کُن چھِنہٕ یِوان تہٕ یِم تِہندِس کِردارس
منز تبدیلی چھِ اَنان۔ مُراد چھُ یہِ زِ اَسہِ چھِنہٕ سہ سہل پاٹھی اَمہِ کِنی یاد روزان
زِ سہ چھِنہٕ عُوروُجِس تہٕ زوالس منز گُزران۔ تِمن چھِ انسانی صفحہ۔ اَمہِ
منز چھُ پرِتھ شخصَس نِش آفاقی بیچ پرزِ تہٕ یُس غاٹھ مہذب
تہٕ اَسہِ تِہندِ باپتھ تہٕ چھُ فَن پاٹھ دوامی ژینک اکھ خاص وجہہ۔
اُسی ساٹری چھِ کتابہٕ برداشت کران، یُتھ زَن چھِنَن پانے یِنہٕ، اُسی
چھِ بڑھان زِ ناولَن ہِندی (بکین کِردار) گژھن اَندوَند اَکی اَنہارہٕ
آسنہٕ۔ اَتھ کہوَ چھِ بیٹھ چھِ سپد کِردارہٕ پاسہٕ نیران۔"

سپد کِردارن ہُند اَنہار چھُ عام انسانَن اَمہِ کِنہِ پرٛیان
زِ یِم کِردار زانِنس تہٕ ژھٔنبِس منز چھُ دِماغ لَرِاوُن پیوان تہٕ
نہٕ چھُ یِتھی کِردار وَنہٕ اَنہٕ باپتھ وُڈن دِنہٕ پیوان نیرُن۔ یِتھی کِردار
چھِ اکثر اوقات ڈٲکھی کِردارہٕ آسان، زندگی ہِنز وُستھ تہٕ رنگارنگی
چھِنہٕ یِتھو کِردارو ژِرمژِ تہٕ پانس اندر شرو برٛاوُمژ آسان۔ یِتھین
کِردارن ہُند شُمار ہیکہِ تحقین لُوکن ستۍ سپدِتھ یِم دوہس راتس

نوٚنہٕ تیلکُ غم ہیتھ چھِ آسان تہٕ بیٚیہ ضوٚرفرتھ پوٚرٕ سپد کِتھ پٲٹھؠ چھِہ کرنہٕ
پہٕ قرارس پیٚہان ۔ یا پٔرٕ دی صفحہ آسُن چھُنہٕ سپدِ رٕسپاٹ کردارن
ہُند بوٗن ۔ پتمی کردار چھِہ ایکاد کمہٕ نہٕ بدل گژھان پژھان یمن لوٗکن منز چھُنہٕ
شہ بر پوٚرٕ انسان شامل یُس سقراط دوٚیِہ ژٕرنگ نٲلتھ ژھارنہٕ درایِد ۔
عام انسان چھِہ پتھی کردار ادٕ کِنہٕ کوشش کران زِ نفسیٲتی سوٚتھرس پیٹھ
چھُ باضے یمن منز شتر آسان ۔ مگر ناول لیکھنہٕ خاطرٕ چھیٚ اَمہٕ چالہٕ ہندین
کردارن ہنزِ نہٕ ضوٚرٕ ضرتھ ۔ وجہ چھُ صاف زِ عملی زندگی منز چھُنہٕ اَمہٕ
چالہٕ ہندین لوٗکن ہنز کانہہ کمی تہٕ ناولہٕ ہرگاہ زندگی ہُنہ رزمیہ یُن چھُ
تیتھ اندر گژھن زندگی ہندی سٲری پہلوٗ جاے پراوٕنی ۔ چنانچہ گنہٕ وژھنے
کران چھُ فورسٹر لیکھان :۔

" ڈِکنسنہٕ سُند مالِہ چھُ ژوٚراہم ۔ ڈکنبٕ سُندی تقریبن سٲری
کردار چھِہ سپدِ رٕسپاٹ ) اپیپ تہٕ ڈیوڈِ کاپرفلیڈ چھِہ تہٕ دار
پژھ کوشش کران مگر کھوٚژی کھوٚژی تیتھ کنی زِ تم چھِ نہٕ دار کردارن
بدل روٗدٕ بُہر باسان ) ۔ یموٚ منز ہیکہ پرتھ کانسہٕ ہُند بیان اکس
جملس منز سپدِتھ مگر توتہٕ تہٕ انسٲنی سنرگ تیتھ احساس یتھ کُن
روٗزتھ یتھ بیٚتھ حاضرتھ چھُ سپدان ۔ شاید چھیٚ ڈکنبٕ سُنزِ بےپناہ
تخلیقی گرتھ کردارن منز سوٚت سوٚت بیٚقرٲری تہٕ اضطراب پادٕ
کران ۔ ییمہٕ کنہِ تم تِہنز زندگی یِہہ اَنتھ الگ زندگی گزاران
دریٹھی چھِہ پوان ۔ یہ چھُ بازیگری ہُند کمال ۔ اَسی ییمو تہٕ سانہٕ

مسٹر پِک وِکے ہِتۍ تلوارِ دارہِش وٕتھ دِچھو اَسہِ باسہٕ ہٕ یہِ گراموفون
ریکارڈ کھوتہٕ زیادٕ موٹ مگر اَسہِ چھِنہٕ زانہہ تہٕ سہٕ اَمہِ آپہِ دِچھان۔
پِک وِک چھُ سیٹھاہ پَکہٕ وُن ٹِکہٕ وُن تہٕ مہذب۔ تَس چھُ پرتھ چیز
دُچھنگ تہٕ پرکھاوَنُک شعور نہٕ پیٚنہٕ تِس نوجوان زنٕین ہِتۍ المارِ
منز کھاوان چھہِ تِمہٕ وِزِ چھُ سُہٕ وَنڈَسر سِندِ بلیک باسکٹس
( BLACK BASKET ) منز فالسٹاف ہِندی پأٹھی گوبان۔
ڈکنس سِندِ گاہٕ جارگُ اکھ حصہٕ چھُ ہیتہٕ زِ سُہٕ چھہٕ کردارن ہُند
بگرُیومُت رۅپ ہاوان، یِم ڈرٛیمہٕ لَٹہ کِتھ بپٕہ وِزِ اَسہِ وَنہٕ چھہٕ لوان۔
یہِ سوٗرے چھُ یِتھ کَتھِ کُن اشارٕ کران زِ سیدہٕ (سپاٹ)
کِردار چھہٕ ہر وِزِ چھُنی تہٕ چھُنی آسان۔ یِم تہٕ ہیکَن دِلچسپ تہٕ پرٕیچھٕ
اَسِتھ مگر شرط چھُ یہِ زِ تخلیق کارس آسہِ تِمَن پیٹھ قدرت تہٕ کِردار
ایجاد کرنَس یا پیش کرنَس منز آسہِ تخلیقی جوہر کُے استعمال کرنہٕ آمُت۔
یہِ کَتھ چھیٚنہٕ کُھر زِ سیدہٕ (سپاٹ) کِردار چھہٕ تہہ دار کِردارن
نِسبت نہٕ اَمہِ کِنہٕ ہیکہِ یِم تخلیق کرنی یا ہِندِ رول ہاون کاہنہٕ لوٗڈ کارنامہٕ
اُسِتھ۔ بقولِ فورسٹر ہیکَن یِتھی کِردار تٕی وقتہٕ بہنس بڑٕ یہِ وِہ نہٕ اہنار
وُچھنہٕ یِتھ ییلہِ یِم مزاحیہ کِردار آسَن۔ سنجیدٕ تہٕ غمن وۅلمُت سیدٕ کِردار
چھُنہٕ دِلچسپ آسان، نہٕ کیاز سُہٕ چھُ پرتھ وِزِ اکے سے کَتھ للہٕ کھوٚل
کران برونہہ کُن لوان۔ سیدٕ کِردار چھُنہٕ ییمہٕ کَتھِ کِنہٕ اہم رول نکھ
ہیکان وٕلِتھ زِ تخلیق کارن چھُنہٕ تِس گوڈٕ بیٹھے یِتھ رول کرنُک وُقوف

بخشت آسان ۔ آخر وَنہ ڈُون دول کِتھہ پاٹھۍ ہیکہِ بتارن ہندہ رَاز
دیرِ ژھنا آوِتھ تہٕ وکھنا وِتھ ۔ شاید چھُ پھٹنے کِردارن مُتعلق سیٹونس لیکھان:۔

" یم بیٹھ گئ اندر چھ اُڈان ، تِتھے کئ گژھن یم واپس نیرِ ۔ وضع دار
اُستھ گژھن تہٕ یم کاڈ کڈِنۍ" کاڈ تہٕ کڈنۍ چھُ سیدہ کِردارن
تموخو صوصیژ وُنش دوٗر تھاوان یمہ خوصوصیژ کِردارس دلہ دار، ڈُٹھہ
یا ہتہ دار بناوان چھیہٕ۔

ناولہِ منز کِردارن ہندہ بیاکھ دوٗر چھُ تمن کِردارن ہندین ہتہ دار
یا ڈُٹھہ کِردار ( Round ) ذنتھ ہیکوٗ۔ یتھی کِردار بدکِرنی یا ونہ
اُنی چھُ ناولہِ ہندِس تنقیدس سیتۍ اکھ داتھ تھوان ۔ بقولِ فورسٹر چھُ
" کانہہ ہتہ دار یا ڈُٹھہ کِردار پرکھاونُک معیار یہ زِتس اندر چھا حاران
کرنُک بتر کِنہ نہٕ ؟ اگر تس حارانۍ تہٕ ڈیشھ ہِنک بل چھُنہ تیلہِ
چھُ سہٕ سیدہ ۔ اگر تس بنہِ رزِ اُنج صلاحیتہ چھنہ تیلہِ چھُ سہٕ وردار
آسنگ دوکمہ وقتا غون دول عام کِردار ۔ سہٕ چھُ پانس اُندۍ یکھو جھکرتھو زندگی
یانے کتابہ ہندین ورقن منز بند زندگی بھیر دِنچ صلاحیتر نش چھُ ۔ کُنہ
کُنہ چھُ ناول نگار سیدہ کِردارس اگی تہٕ یُتہٕ پاٹھۍ دوٗیمین کِردارن
سیتۍ درتاوِتھ کِردارن تہٕ ناولہ ہندِس فنیس درمیان ہشر پاوہ
کرنکس مقصدس منز کامیاب روزان تہٕ بنہٕ تخلیقہ کیو دوٗیمیو پہلوٗ یو
سیتۍ چھُ انسانی ہشر پاڈ کران:۔

ہتہ دار کِردار چھُ فردا اُستھ اکھ انجمن ، یُس ند ووکھن

یہتھ، نٔژُن پھیرُن، کیتھہ تہٕ دوٚنٹھ پھسراے تام پٔرن وٲلِس گنڈِتھ چھیہٕ
تھاوان تہٕ ژٕ چھُ اُمس سٟتۍ سٟتۍ یکنکہٕ امار تہٕ تڑپنہٕ سٟتۍ بیہٕ قرار گژھان۔
وُچھتھ کردارہٕ ہٕنز شخصیتھ چھیہٕ پریتھ موڑس پیٹھ بیہٕ شونکی پاٹھۍ تیتھہ کنۍ
رنگ بدلاوان زِ پٔرن وول چھُ اکِس تِتھس دُنیہس منز واتان یتھ
متعلق تٔس گُمانہٕ تہٕ آسان چھُنہٕ۔ یِتھین کردارن ہٕنز طافاتھ چھُ اکثر یِژھِن
ناول نگارن ہٕنزن بجن ناولن منز نیپلان۔ پُراسرار کردار چھِ ناولہٕ قولو
جہتوٚ سٟتۍ جران مگر شرط چھُ زِ ناول نگارس آسہٕ کردارس پیٹھ تہٕ مکمل پنچھ
تہٕ بیان کرنس غلس پیٹھ تہٕ گرفت۔ سیہ کردار ہر گاہ منز ناولہٕ
غائب گژھِ پٔرن وول چھُ موکھس کران زِ اکھ دوٚنہٕ یکہٕ دُن تٔس کینژس
کالس تس سٟتۍ پوٚکمٕت اوس گوو ژھیپہٕ، دوہدشچہٕ زندگی منز چھِ
یتھۍ کاتیاہ انسان یوان تہٕ گژھان تہٕ اسہٕ چھُنہٕ کانہہ دوکھ گژھان،
اکھ مقابلہٕ چھُ تہٕ دار کردار پٔرن وٲلِس تیتھہ کنۍ میٚتھہ نوان زِ ژھیپہٕ
گژھنہٕ پتہٕ چھُ پٔرن وٲلِس باسان زِ کیا ہتام گوو اکھ تلہٕ تہٕ کیتھ تام
لُچ کھٕچھ۔ تہٕ دار کردارن تخلیق کرنس منز چھُ ناول نگارس پننُن
مشاہدہ، پننُن علم، کردارہٕ ہٕنز نفسیاتھ تہٕ ہٕندِک اندرٕ ڈی (COMPLEX)
تہٕ منٛ ساری چیز یکہٕ وٹہٕ کرنۍ پیوان تہٕ دُنیاہ بٕس الگ روزِتھ
نٔو دُنیاہ تخلیق پیوان کرُن۔ تٔس چھُ دُنیاہ باپتھ مرِتھ نٔبہٕ باپتھ
زِند پیوان روزُن۔

یمہِ سِتۍ اِنسانہٕ سٕنٛز انفرادی صلاحیتھ یوسہٕ تتھ ناوِلہِ وجوٗد دِنہٕ بٲرس
چھیٖہٕ آمٕژ ، تٕس تٔہندِس ذہنَس منٛز گوٗٹ گوٗٹ موجوٗد چھُ آسان
گرواضح نہٕ کیٛہنہٕ ۔ کِردارن ہندِس اَتھی اہمیتس چھُ آندرے گید پیٹھٕ کٔنہِ
باجِیان بِنٛز تمن خیالَن ہند اظہارٕ گژھِہ نہٕ کرُن یم کِردارٕ سٕنٛزِ شخصیتک
حِصہٕ آسُن پٔزٕ" آندرے گید سُند یہ دٔپُن چھُ سیٹھاہ دُرُس ، ہرگاہ
اَسی کِردارس خیالاتھ آپرٲوِ گژھِہ اصلیتَس دوٗر نہٕ سوٗرٕ
باسہٕ ژھوٗرے ہاوِ یاوِ۔

سیدٕ تہٕ تہہ دار ، دۄ شوٗنٛ رنگن ہندی کِردار چھِہ ناولہِ منٛز
تھےٚ گٔژھ اہم پیٹھ گٔژھ مکانس تامیرس منٛز اکھ پٔزٕ اہم چھیہٕ پٔزٕ گرٛنڈی تہٕ۔
پٔتمِک سوٗرٕ بور چھُ اکِس پیٹھ مگر گرٛنڈی تہٕ چھِنہٕ کیٛہنہٕ کم اہم۔ تہہ دار
کِردار چھُ مکانٕچ اکھ یٔلہِ نرُن سیدٕ کِردار گرٛنڈی چھِ۔

# مکالمہ

مکالمہ تہٕ چھہٕ دراصل کِردارن سٟتؠ وابستہٕ ۔ فِکشنس منٛز کِردارن ہُند گفتارٕ پے چھُہ مکالمن ہنٛدِس حصَس وُجوٗد بخشان ۔ مکالمہ چھہٕ کِردار نگاری منٛز ناوِل نگارس اکھ ہتھۍ یار پُچ کام دِوان ۔ یِمہٕ ہنٛدِ ذٔریہ چھُہ سُہ کِردارن ہنٛد ذُکہ نٕکہ سارٕ ی پہے باوٕز بل بخشان یِہ تُہ دأیرٕ مُت آسہِ ۔ یِہ کنتہٕ نظرِ تَل تھاوِتھ چھیہٕ مکالمن ناولہٕ ہنٛدِس کرٛیفِس منٛز اکھ خاص اہمیتھ حاصل۔ اَکِس کنہٕ کُن چھُہ توجہ دِیُن ضوٗروٗری زِ ڈرامہس منٛز چھُہ مکالمس ناولہٕ کھوتہٕ زیادٕ تھٕد حاصل تہٕ اَدٕے چھُہ دٔنہٕ آمُت زِ مکالمہ گژھن تیٛتھۍ زورٕ دار آسُن بیٚیہِ تیز تلوار ہنٛز دار چھیہٕ آسان ۔ کِردارن ہُند داخلی تہٕ خأرجی دُنِیاہ چھُہ پرٕن والِس تِہنٛد بو مکالہٕ سٟتؠ دٔرِس تُل پوان ۔ بوزٕ وے تہٕ کِردارن ہنٛدِ اِنفرادیٚنک پے پناہ تہٕ چھُہ تِہنٛدِ گُفتارٕ تلے لگان ۔ مکالمہ کامیأبی سان لیکھنہٕ باپتھ گژھہِ لِکھأرِس ہوٗن سٟتؠ زبردس زٕبط تہٕ تحمُل آسُن ، تہٕ کیازِ موتبر مکالمہ چھہٕ کِردارن ہُند شخصیٚتکۍ بٕوٗن بٕوٗن گوشہٕ

اُچھَن تَل اَنان تہٕ تحریرس منز تازگی پٮ۪ٹھ گٔژھس یادٕ کران ۔ مکالمن مُتلق کَتھ کران چھُ اوٗے فلابیرن لیوٚکھمُت زٕ بوڈری چھیٚہ میٚنہٕ مُرزا اَنان :-

" میٚنہٕ چھُ نوجوان نفاشٕ تہٕ بادیٚرس درمیان سیٚہَن ووِل گفتگوٗ تحریرس منز اَنُن ، ییٚہٕ سوٚم تہٕ بیٚ ڈطیر گُفتگوٗ ۔ یہ چھُ اکھ عام معاملہٕ تہٕ اَمِچ زَبان گژھہِ برجستہٕ آسنۍ " یَمہٕ بُنیٚ گُنجھِ چھُ شیٚ اَکِس جایہِ لیٚکھان :-

" مکالمہٕ لفظہٕ مَنز کُنہٕ ورتاوُن چھُ یتھ ہوٗ تہٕ گژھِ نتیٚش بچاوُن ، عام کتھن تہٕ چیزن مُتلق آسنہٕ باوجوٗد اَمیُک امتیاز ڈٔنجہِ کھاوُن چھیٚہ سکوٗ نکھیٚ تُلنیُک کام ۔ یہٕ زانَن تہٕ کانہہ اکھا بیٚمہٕ یہ کُنہِ کتابہِ منز کوٗرمُت چھُنہٕ فلابیرس پٮ۪ٹھ پیٚترابہٕ ڈہرِ چھُ جیٚمس شکایتھ کران زِ انگلستانُک منز ووال پَنہٕ بوٗدِ کانُنہٕ تجربہٕ

" ناٹہیری مکالمہٕ ، نقشی مکالمہٕ یم منظم تہٕ ڈرامائی آسن ، یم گرکھس تہٕ مارٕکس کوٗ مہانَ چھِہ بٔڈ کُنٛز ساںنہٕ باپتھ اکھ تیٚتھ اسرار ، یُس مرزہِ تُلہِ ۔ اَسہِ چھیٚہ کُنہِ تہِ شرطن پٮ۪ٹھ اکھ اکھ لاگنس تیار "

مکالمہٕ تہٕ برجستہٕ ، زوٗدار مکالمہٕ یم دارہیتس کانُہ ساڈر وار تہٕ بُرگشتش رودزن ، لیٚکھنہٕ باپتھ چھُ بُلند تخیلُک ضروٗر تھٔ تہٕ انگریزی ناول نگارن منز چھیٚہ یمہٕ دولتھ ڈِکنس سُند بوگ ۔ لفظ گرنگُ تہٕ تھرنکُ سلیقہٕ چھُ مکالمن ہندس مالس منز سیٚٹھاہ مددگار ثابتھ سپدان تہٕ اُتھی جایہِ چھُ لیٚکھن والیٚ سٕندِ باپتھ تخلیقی زبان ورتاوُنکُ موقہٕ ۔ مکالمن منز لفظن ہنز تَکہٕ نزاو ، تَل پٮ۪ٹھ تہٕ وَل زٔھنے چھِہ المیہٕ تہٕ طربیہٕ

ماحولس زانِتھ دِوان تہٕ مکالمہٕ ہیٚنٛن گژھن تس منز قدرت چھیٚہ کِردارن تہٕ تحریکس اتھٕس گھالان تہٕ تھٕ والان تہٕ ۔ مکالمن ہندس تھٕ تراوس تہٕ گژھتس سام ہیوان چھ انتھونی ٹرولوپ لیکھان :-

"ناول نگار سنز کامہِ منز چھیٚنہٕ واتفاقی اتھ کنہٕ چایہٕ تیوت ٹاکار بوٗت زن مکالمن منز چھ ۔ اکس اتفاقی موضوعس پیٹھ دون زنِن ہندِ گفتگو تحریر کرن چھ سیٹھاہ سہل بیلہِ زن لکھارس اندازٕ آسہِ زنتس چھیٚہ ارِچ واقفیتھ ۔ یتھ ہیٚوٚہ موضوع ہیٚکہِ ادب، فلسفہ، سیاست یا گِندن دراو کُن آسِتھ ۔ امہِ چالہِ موضوعس ہیٚکہِ مصنف ڈیٚنیچر تراوتھ پننہِ مرضی ہندِ اوسلوبہٕ مطابق وِرناوِتھ ۔ لیکھن دول بیلہِ صفحہٕ برنس ستی آوُر آسہِ تمہِ ساتہٕ چھ تس یہٕ سوچ ڈرس زِ شہ چھ پرن والین ہندِ خاطرٕ شادمانی ہندی سامانہٕ کران ۔ میٚہ چھ باسان زِ شہ ہیٚکہِ نہٕ اَرِ گھوتہٕ بڈ غلطی کرِتھ ۔ عموٗمن چھ مکالمہٕ ناولہِ ہند سارِوے کھوتہٕ بڈٕ فن چھ ۔ اما پوز تتھی صوٗرتس منز ییلہِ یمہٕ ستی کہانی برونہہ آسہِ پکان ۔ مکالمن ہُند اوٗت نِھنہِ نام موٚحدوٗد آسُن چھُنہٕ ضروری مگر اند وند گژھن پانژ اوٚری کُن گوٚب روزُن ۔ پرن والہِ ہتر تنقیدی صلاحیتھ چھیٚہ بیک وق الصاف تہٕ کران تہٕ کوٚنہٕ تہٕ گنڈان یوٚدوے یہٕ سوٗرُے غاز شعوری طور سپدان چھ ۔ ییٚمہِ ساتہٕ کُنہِ غازٕ متلق مامس متلق اکھ زلیوٗٹھ مکالمہٕ تس نام واتان چھ ، تس چھ باس لگان زِ دوکھس آیہ کام ہینہٕ تہٕ کیازِ ناول اٚنفس منز تلن وِز اوسہٕ نہٕ تمہِ یتھ سوداگوٗژت ۔

امہِ وقتہٕ یِہٕ چھیہٕ تٕس فلسفیچ تہٕ نہ سیاسیچ ضوٗرتھ بلکہِ چھُ تٕس نقط کہانی
ستیٚ تالُق۔ سُہ ہیٚکہِ شاید یہِ کتھ تہٕ ورٕ شھینتھ دٔنتھ زٕ ہتھ جایہِ بانیتھ جایہٕ
کیا چھُ مکالمہٕ کہانی نٕش ژھینہٕ یا دٔر مگر تیٚتھ ہیٚوٚ۔ سیدٕی ورٕ گژھہِ تٕس
اِحساس یُس ناپسندیدگی ہُند احساس آسہِ۔۔۔۔۔

مکالمہٕ ییٚہٕ چھِہ کہو چھِہ میٚچھ اَنیک ناول نگار امکٲنی پٔرن والین
ہُند مذاق پرکھادان چھُ گژھہِ دوٚیمین قٲیدن تہٕ قونوٗنن تہٕ تابین آسُنہ۔
ناول نگار گژھہِ کہانی ہُند اکثر حصہ کردارن زٕ یوٗتہٕ دٲنٛس مگر تٕمی گژھہِ تمن تمے
گتھ وننادٕن یمہٕ کتھ موقہٕ تہٕ محلہ موٗجب کردارو ونٕنہ گژھن۔ ڈیلیہ پٔرِ ژھی
چھُنہٕ تٕس اجازتھ زٕ کردار گرن زیٚٹھہ زیٚٹھی تقریرہٕ۔ یم مردن تہٕ زنانن ہنٛز
زٕ یوٚ بوٚزی میٚنز آسن نہٕ۔ عام لوٗکن ہنٛز دوہدشچہ گتھ چھیہٕ ژھوٚٹین ژھوٚٹین
جُملن منٛز بیان سیدان۔ یم جُملہٕ چھینہٕ اکثر مکمل تہٕ آسان۔ یمن جُملن ہنٛز
زُبان چھیہٕ تالیم یافتن ہنٛدی کتھ نادٕرس آسان۔ مکالمہٕ لیکین ورٕ گژھہِ
ناول نگار زٕبانی ہیٚٹھ تہٕ یا کُنہِ نفر کھاوُن یُتھہٕ یہٕ فقط کتٲبی بابہ تہٕ نہٕ
بابہ سوٗقیانہٕ۔ . . . سارِ وِۓ کھوتہٕ اہم کتھ چھیہٕ یہِ زِ مکالمہٕ گژھن
ژھوٚٹی آسنہٕ۔ کانہہ کردار گژھہِ نہٕ توٗتام اکی شہہ دٕتوٕ ہیوٚ لفظ کھوتہٕ زیادٕ
وَنُن یوٗتام نہٕ ناول نگار زیٚٹھی مکالمہٕ لیکھنک جواز پادٕ کرِ۔“

مکالمن مُتلق رلے ہیٚکہِ لیکھن والین ہٕنٛز پیٚش نظریہِ آسِتھ، امالیوٚزٕ
ناولہِ منٛز ہیٚکہِ نہٕ مکالمہٕ نظرانداز سٔپدِتھ۔ ناول اکھ اہم ادبی صنف
بناونس منٛز چھُ مکالمن ہُند رول نہٕ بیتہٕ جایہِ اہم نہٕ مکالمے چھِ ناولہِ

ڈرامہس نکھہ اَنان ۔ یہِ گٔژھ ہیکَو اَکہِ یتھٕ پاٹھٕ تہٕ وٕنتھ زِ مکالمہٕ چھِ ناولہٕ منز ڈرامائیت پأدٕ کرنک اکھ اہم ذٔریعہٕ تہٕ براہ راس بیانس منز چھِ مکالمے سُہ سہارٕ لیُس ناول نگارس ڈوٗکھ کرِ۔ مگر ونُنس تہٕ کرُنس منز چھیٖ واریاہ فرق ۔ برجستہٕ تہٕ اصلس ڈوٗکھ کرن وٲلی مکالمہٕ لیکھُن چھُ اکھ سیٹھاہ مشکل مرحلہٕ ۔ فلابیر ہیٚو قدآور ناول نگار چھُ ذٲتی تجربن ہنز یاد کتھ کران لیکھان :۔

"یقینٕ چھُس زرٲتی منظرس سبٕ منز ( یمہِ برتہٕ لیکھِ میٚہ پنداہ صفہٕ پوٚر دے تم تہٕ مکمل چھنہٕ ) یہِ چھا گژھِ رنگہ جان ؟ میٚہ چھُنہٕ کانہہ پئے ۔ مکالمہٕ لیکھُن کوتاہ مشکل چھُ ۔ خاص کرِتھ تمہِ ساتہٕ بیٚلہٕ انسان گوجہٕ اصلی روٗلس منز پیش آسہٕ کرُن پزھان ۔ مکالمہٕ لفظی تصویر کنہٕ ورناوُن تہٕ اکھ ژھوٹ تہٕ گوٹ گژھہٕ دیُن ددہ یتھٕ کتھ تہٕ مالہٕ مکالمن منز باوٕن وِزِ یمن ہنز انفرٲدی یتھٕ ڈیٚنہِ تھاوٕن ۔ یہِ عمل چھیٖ کوہ کومہٕ اَنیٚن عمل تہٕ میٚہ چھنہٕ کُنہٕ کتابہِ اندر کانسہٕ ہندِ دستہٕ یتھٕ کارناپہٕ بامل یوان وُچھنہٕ ۔ مکالمہٕ گژھن طربیہ کس اُدسلوٗبس منز لیکھنہٕ یلہٕ زن رلوانیز بائیتھ رزمیہٕ طرز ورناوُن گژھِ ۔ ۔ ۔"

شاید چھُ مکالمہٕ لیکھُن اَمہِ کتھہِ کنہٕ تہِ مشکل زِ کردارن ہندی سأری وصف تہٕ ناوصف پانس منز سٔروٚ برأدِتھ تہٕ چھُ مشکل یلہٕ روزان زِ لیکھن ووٚل یہِ کینژھاہ کتھٕ بوزان چھُتہٕ تمہِ منز چھُ لُس آٹہٕ لوٗنا یاد روزان ۔ اکھ جُملہٕ ۔ اکھ محاورٕ یا اکھ کہاوتھ یا کینہہ تنھی لفظ

یمَن کِردار حادثن کِنۍ اکثر ڈرراوان آسہِ ۔ یہِ چھیہٕ سو ساپہِ کابناکھ یوسہ ژیٚتہٕ وٕترِس پیٚٹھ نقش چھیہٕ روزان ۔ ناول نگار ییٚمہِ ساتہٕ لیکھن ہیٚیہ لَس چھُ سہٕ سوٗرے دُنیاہ نٔوِ سرٕ تخلیق کرُن یُس تٔہندِس ذیٚہنَس منز محفوظ چھُ آسان۔

مکالمہٕ تہٕ کِردار ۔ یِم چھِ اکی تصویرِ کہِ زٕ روٗخ ۔ یِم اکھاکَس نِش علاحدٕ ہیکَن نہٕ سپدِتھ تہٕ ناول تامیر کرنس منز چھِ مکالمہٕ کِردارٕ سندِ شخصیتکۍ رنگہٕ رنگہٕ جلوٕ چھکروان تہٕ اکھ سہٕ فضا قایم کران یمِچ اندر پرن وول راوان چھُ۔

نہ تم کیاز چھِ اکھ بیٹھ ڈ تھ پوز میانی کنز چھ ناولہ پلاٹ آسُن زُرت۔ ننہ
چھنہ اکھ کانہہ صوُرتھ تہ واقاتھ یمن زِ کلہم ناولہ منز کانہہ حصہ چھنہ تمن
ہنز اہمیتھ چھیہ چھوُنان۔ ۔ ۔ پلاٹ چھُ دوٚیمہ درجہ کین منظرن
وچھہ لوٚ دِوان یم زن شخصیتس برونہہ کُن چھ انان تہ کردارن ظاہر
کرنس چھیہ دکھ یوان۔ ہرگاہ پلاٹ کُنہ کتابہ منز ننہ ییہ تہ واریاہ
کینہہ بلیہ پتھر یتھ اکھ عزتی کانہہ نالُق باسہ نہ۔ پلاٹ چھُ انسانی جسم
منز اُڈی جن ہندی پاٹھی یمہ زن اظہار تہ تجربچن علامژن ہندی پاٹھی پزیہ دینہ
چھنہ مگر ساری سے چھیہ ڈکھس۔ ۔ ۔ ۔ ۔ یوٚتام زن پلاٹک نالُق چھُ
اصلی زندگی چھنہ میانی کنز اکھ منز کانہہ ڈوٚکھ۔ اصلی زندگی منز چھیہ پلاٹن
ہنز وبرشھتے۔ یتھ کنز بہ پلاٹ مناسب تہ کم کاہہ ضوٚرٚدری زانان چھس
میہ چھُ زندگی خلاف یہ اکھ ہُریانہ کینہہ۔ مگر تتھی کیبرن چھ زِ عجیب کتھ
چھیہ سپدان یوٚدوے تمہ ووتلان چھنہ۔ میہ چھیہ پزھ زِ یہ
سپدہے اسہ منز وارہین ہند خاطر ناکار ثابتھ ہرگاہ اسہ سخ وُزوُنہ
گژھہے، میہ چھُ شک گژھان اسہ منز چھُ کینژن ایک ددار گوشت۔"

برنیٹ ہنز راے تہ چھیہ بُنہہ جایہ سٹھاہ دلچسپ تہ تہندی
کنز چھ پلاٹ ناولہ ہند کرژنز لُس وُچھن واٚلس درہنٹھی یوان چھیہ
شکلہ تہ صوُرژ ہنز۔ بٔنی یاد اُسنہ چھیہ وُچھن واٚلس کرنز نش نظر یتھ
روزان۔ یتھ کنی اسی انسانی جسمس منز کرژنز نوٚن تہ اُستھ تہ نظرانداز
ہکون نہ کرِتھ، تتھے پاٹھی ہکون نہ بقول برنیٹ ناولہ منز پلاٹ تہ
گال کرِتھ [illegible]

# پلاٹ

کہانی کِردارن تہٕ مکالموٗ پتہٕ چھُ پلاٹ یِوان۔ ناولہٕ ہنٛز تاپہٕ باگنہٕ منز چھُ پلاٹ تہٕ اَکھ گرتھک اکھ اہم پہلوٗ۔ کہانی تہٕ پلاٹ ناولہٕ ہندی یِم تہٕ انگ چھِ اکھ اَکس نِکھہٕ اَستھ تہٕ اکھ اَکس رنش دوٗر۔ اکھ چھُ بیٛڑ سٕتی پاکھٕ سیوٗد تہٕ سوٗتر تہٕ دوٚیِم چھُ ذیٚچھ رٲنٹھِ ہندی پاکھٕ کاوی دار۔

ڈِکشنری مانے مۆجوٗب گوٚو پلاٹ مرتوٗبہٕ واقعاتن ہنٛز باوَتھ یا سہٕ منصوبہٕ یُس ڈرامہس تہٕ ناولِہ منز چھُ آسان۔ مگر پلاٹچ یہ ویٚژھنے چھِنہٕ تِتھ ساری ہیٛے کوٗم کران یِتھ ناولہٕ ہنٛز زباٲنی منز پلاٹ وَنو۔ الوی کاپٹن برینٹ شنڈ یہ بیان چھُ اَتھ سلسلس منز گینژرن کٲنٛن کُن سوٗن توجہٕ پھِران:۔

"مہیٛن چھِنہٕ فِکرِ تران زِ تنل تہٕ اِنصافچ بے راہ روی کیاز ہیکہِ نہٕ عام پلاٹُک موضوع آسِتھ۔ کینٛہہ نثر نِگار چھِ سوٗچان زِ مِین ہُند تالُق گرژھِ المزبِتھ تہٕ وکٹورِین دورس سٕتی اَسُن نَنان چھِنہٕ

ناولہٕ خاص وصف بناوان یتھ اَسہ تہٕ ژَلِتھ ہینکو احساس وُنتہٕ ہکو
ہلنے پہ کینژھاہ ناولہٕ منز پیش سپدِ تنہٕ گرٕژھِ تیتھو واٹھ تہٕ اثر آسُن
زِ باسُن گرٕژھِ زِ دافاکھ بچھٕ گژی۔ برونہہ پکان چھِ تمہٕ وراے اسپہٕ دوٕیم کانہہ
وَتھ تہٕ ییتھ پاٹھی چھُ پلاٹ کہانی نِش دُور آسِتھ تہٕ اکھ ستیٚ واٹھ۔

مریم الٹ چھیہٕ پننہٕ رایہٕ ہُند اظہار کران لیکھان۔

"ناول نگار چھِ عام طور وار ہِس حدس تام پہٕ مُرٹھ دارِی ہیُنزِ
زِ تم کرِ ہن ییمہٕ کتھہٕ ہنز باوتھ زِ کہانی تہٕ پُلاٹ ہِنُن دون الگ الگ
اصطلاحن ہُند ملنے مطلب کیاہ چھُ۔ بُزرُچھُ پہ زِ تم چھِ اکثر ییمہٕ زٕ اصطلاحہٕ
اکھ اَکِس بدل ورتاوان۔ ییتھ پاٹھی زن ارداہِمہٕ صدی ہندی اکی نقادن
چھُ وَدمُت زِ "فیبل" تہٕ "ایکشن" ہِش دون اصطلاحن منز چھِنہٕ کانہہ
ٹاکارٕ فرق کرنہٕ آمُت۔ کتھ صاف تہٕ آسیچہٕ اَمہٕ وِستھہیہٕ ہُند رٕٹھ کرِ
حدس تام ارداہِمہٕ صدی ہِندِ ین نو کلاسیکین ہِنز کلاسیکی قایدن
ہِنز وشھنے۔ اکثر گُھرِ دار تہٕ مُتضاد چھیہٕ۔ اکھ چھُ کُنہٕ حدس تام ارسطو
تہٕ دِیہٕ دارِ یُند پلاٹس تہٕ واقعاتن مُتعلق بیان وارِیاہ کینہہ اُڈوتی چھُ
تراوان۔ اکھ موضوعس ییتھ چھِ سیٹھاہ کم ناول نگار اَکہٕ اکھ روٹ
کران" دون ہِمو لوکو پہ کتھ زیرِ بحث اَنِہٕ تہٕ چھیہٕ نموتہٕ چھُ موڈس
ییٹھ وانِتھ لوب ہیوٚتمُت۔ اکھ چھُ اکہٕ وُنہٕ درامُت تہٕ دوٕیم دوٕ یمہٕ
وُنتہٕ نگر ای، ایم، فوسٹر چھُ کہانی تہٕ پلاٹس منز نقادوکھ مثالہٕ دِتھ
ہاوان:-

"پلاٹ تہٕ چھُ واقعاتن ہنز باوتھ پۆز اَکھ اَندر چھُ حادثن پیٹھ زور
آسان۔ مثلن راز مۄد تہٕ پتہٕ مۄیہ رانی" چھےٚ کہانی۔ "راز مۄد تہٕ پتہٕ مۄیہ
غمہٕ سٕتۍ رانی" چھُ پلاٹ۔ وقتُک تسلسُل چھُ رٕژھتھ مگر حادثُک
احساس چھُ اَکھ گوٚڈ کران یا اَتھ اَنان۔ یعنی تمۍ اُسۍ دوٚیم مِثال: "رانی مۄیہ،
کانٛسہٕ تہٕ آو ژھپے زِ کیازِ لوٚتامتھ یہ پتہٕ لوٚگ زِ سو مۄیہ رازٕ سٕنٛدِ
غمہٕ سٕتۍ۔" یہ چھُ پلاٹ یتھ اندر اسرارُک بیتھ چھےٚ۔ یہ چھےٚ اکھ ترنہٕ صورتھ
یوسہ بٔڈی پاٹھی بروٚنہہ پکناونہٕ ہیکہِ بیتھ۔ یہ پلاٹ چھُ وقتُک تسلسل
پتھ کُن دکہٕ دِوان تہٕ لوٚتامتھ زُٹ اِجازتھ دِن پلاٹ چھُ کہانی نِش دوٗر
گژھان۔ رانی ہنٛدِس مرنس دیو زیتھ، ہرگاہ یہ صورتھ کہانی منز آسہ
اَسۍ دولو "تہٕ پتہٕ؟" تہٕ ہرگاہ یہ صورتھ پلاٹس منز لوزنہٕ ییہ اَسۍ کرو سوال
"کیازِ؟" یہ چھےٚ سو بُنیادی فرق یوسہ ناولہٕ ہنٛدِن یِمن دوٚن پہلوٗہن
منز چھےٚ۔ کانہہ پلاٹ ہیکہ نہٕ گوچھ سٕکینن، جابر بادشاہن یا فلم وچھن
والین بروٚنہہ کنہِ بوزناونہٕ یتھ۔ تِم ہیکو کھ "تہٕ پتہٕ کیاہ سپُد" "اَدٕ کیاہ
سپُد" دٕر راوی ہُشار تھاوِتھ۔ تِم ہیکن شوقہٕ ستۍ اَستھ
اَما پۆز پلاٹ چھُ ذِہانتھ تہٕ ژیٚتہٕ ووٚتُر ژھاران۔"

فوسٹرٕ سُنٛد بیان چھُ سیٹھاہ قابلِ غور۔ سُہ چھُ کُنہِ کتھِ منز
سیٹھاہ اہم ماملن کُن سون توجہ پھِران۔ اَدٕ کیاہ سپُد؟ یا پتہٕ کیاہ
سپُد؟ یہ چھُ شُرٕ سوال، یہ چھےٚ ژھٕ ہش کتھ از جبہ کدلہ پتہٕ
چھُ فتح کدل یوان۔ یہ چھُ عام انسانہٕ سُنٛد وطیرٕ تہٕ طرزِ فکرِ ییمہٕ ستۍ

ذہینس کانہہ درشہ لگان چھُنہٕ ۔ وۄنہ تہٕ سندرس منز مُلوطم چھُنہٕ وۄنھان ۔
اَکھ سوالس پیٚ چھُکھ ییپہٕ نہٕ ہیکو جواب وُنِتھ ۔ ہرگاہ اُسہٕ سوال کرِان زِ
رٲنی تہٕ موٚیہٕ چہٕ رازہٕ تہٕ مۄد پیتہٕ کیاہ سُند ؟ اَسی ہیکو سوچنہٕ کرِتھ ورٲے
جواب وُنِتھ کیاہ گۄڈٕ نتھ سپدِن دوشوٕے آسے وُڈراونہٕ یا زالنہٕ ۔ مگر
ییمہٕ ساتہٕ اُسہٕ سوال سپد زِ رازٕ مۄد پتے کیازِ موٚیہٕ رٲنی ؟ ۔ اکھ
سوالس جواب دِنٕ چھُ ہناہ گُڈرُٹ ۔ اُسہٕ پیٚیہ ہناہ سوچُن ۔ زِتھ دِلیٚ
شُ سورٕے اوٚند پوٚکھ تہٕ تم ساری واقاتھ ییٚن اُچھن تل اَنِنہٕ یِموکِہ رازس
پتہٕ رٲنی موٚیہٕ ۔ اُسہٕ چھُ اکہٕ طرِیقہٕ دُنیاہ اُچھن تل اَنُن ییٚتھ منز پیہ سورُے
پوٚتس پتھ سپد تہٕ اَد جواب دِنُن ۔ کیازِ تہٕ کِتھہٕ پاٹھی ؟ امہٕ چالہٕ
ہندی سوال چھِہ فلسفس زایِن بخشان ، تہٕ کیازِ ہتھی ہوی سوال چھِہ سوٚنچ
سوٚنچ تہٕ سوٚنچنس میٹھ جبدٕر کران ۔ ییٚے سوال چھِہ یکپانکس صوٚرتس منز
ناولہٕ وُسجارتہٕ فکری وہراو بخشان ۔ اَدہٕ اَکھ کتھ چھیٚہ زِ کانہہ وُچھِ پلاٹس
کہانی ہند حصہٕ زاتھ تہٕ کانہہ اُمہٕ نش ہد دُن گُڈٕ کتھ ۔ ہرگاہ یہ کیازِ؟
کِتھہٕ پاٹھی، تہٕ کو؟ ناولہٕ برونہہ یکناونس منزٕ اَکھ روٚٹ کرِ، اکھ اندر گژھنہٕ
مۄدمت دُنیاہ زِندہ تہٕ یہ تہٕ وانہٕ داستانکس سوٚکھرس بیٚٹھ ۔ برونہہ
کُن چھُ نوسٹر لکیھان ۔

کانہہ تل روزُن ( CURIOSITY ) چھیہٕ سیٹھے وُسی یا یہٕ
انسانی خوصوٚ صیتھ ۔ تو یہ آسہٕ دوٚہدشیہ زندگی منزٕ وُچھمت زِیلہٕ
کانہہ کانہہ رازٕ زانہٕ نیچ عمل چھیہ گنان تمہ وقتہٕ چھُ پزی پاٹھی تنہٕ سند

ژیتہٕ وۄدتر لَب دِوان۔ سُہ چھُ ژٕکرِ تلہٕ احمق آسان۔ یُتھ شخص تلِہ یہ سوال پرٛژھتھ گژھتھ زِ ژٕ ییٚہ گژھ بأے تہٕ بٔینہٕ چھےٚ۔ یُتھ شخص چھُنہٕ گژھ پأٹھۍ اکھ ہمدرد کردار۔ وُنۍ لُس منز ہرگاہ تۄہۍ تس دُبار سمکھو سُہ پرٛژھی دُبارٕ شاید ژٕ ژییہٕ گژھ بٔینہٕ تہٕ بٲے چھی۔ امہٕ وِنہٕ تہٕ اُسن قِس اُچھ پٔٹھتھ درامہٕ تہٕ اُس آسہٕ وۄتھے۔ دۄن کانہٕ تَل روزن والین درمیان یا رایہٕ سپدِ زیادے ناممکن تہٕ ییٚمِس شخصس ستی یارانہٕ بناوُن چھُ مشکل۔

کانہٕ تَل یا غارِ روزُن چھُ ییٚنہٕ جایہٕ اُکِس خاص مرحلس تام اسہٕ وۄتہٕ ہاوِک بنان مگر سٹریس منز ڈنگ دِہاوِہٕ بدل چھُ کہانی تام اسہٕ وُکھ ہاوان۔ ہرگاہ اُسی پلاٹ کانہِ اَلون تِیلہِ چھُ سانہٕ یا پٔتھ ستی ڈرامٕک تہٕ ژیتہٕ وۄنرِک ہُرِ گژھُن ضرورۍ۔

ذہانتس چھیہٕ گوڈٕنیچ الواری۔ کانہِ تَل روزن والس پرن والس مقابلہٕ ذہین پرن والِ بُتھے کانہٕ نو حقیقتھ ژٕنران چھُ سُہ چھُ اکھ ذہینس منز ژٕنرِتھ کھاوان۔ سُہ چھُ اکھ دوہلو اَندٕ وُچھان۔ اُمس چھُ وۄ چھنک اکھ وکھر زاوِیہٕ نظر آسان تہٕ دُچھنک دۄیُم کۄن چھُس سُہ آسان ییمٕک واٹھ ییٚتھ کُن پرِمژن حقیقژن ستی چھُ آسان۔ سُہ چھُنہٕ شاید یہ دأیرِ کتھ ہیکان امالوز نامتھ چھُنہٕ سُہ کینژس کالس سمجنچ کوشش کران۔ اُکِس کھدِ بایہٕ ترتیب یافتہٕ ناولِہ منز چھیہٕ حقیقژ اکثر ادرِ لبور و انبار چھِ لبہٕ آسان تہٕ اکھ باذوق پرن وول ہیکِہ تو تام امیک لطف تُلتھ یوتام منتھ

پٕتہٕ بالہٕ پھٔونگس پیٹھ پیٚیہِ۔ حالانکہ تہٕ اسرآری ٹینک تہٕ عنصر یِتھ جوسوٚی
عنصرتہٕ ملانے کٔرتھ چھےٚ ہِوان، چھ پلاٹس منز سیٹھاہ اہم۔ یہ عنصر چھ وٹھنک
تسلسُل ملتوی تھاونہٕ ستی پادٕ گژھان۔ پُراسرار آسُن چھُ زمانک اکھ حصہ
یُس سیٹھاہ پھیر پیٚر سان بروہہ کُن چھُ ہِوان۔ مثلَن یِتھ جملس منز:
رٲنی کِتھ پاٹھٕ موٚیہِ" امہِ کھوتہٕ زیادٕ ہُشاری سان کم ماکار رٔود کانٛہہ تہٕ
لفظو ستی، یمن ہُند اصلی ملانے وار ہیٚو صفوٚ پیٚتہٕ بروہہ کُن چھ ہِوان۔ پلاٹ
بابیٚتھ چھ پُراسرار آسُن لازمی تہٕ اَتھیک حقائقن چھُ ذہانتہٕ وراے ناممکن۔
کانٛہہ تَل روزن والِس شخصہٕ سُند بابیٚتھ چھ یہ اکہِ لٹہ بیٚیہ "یتہٕ کیاہ سپُد؟"
وننس برابر۔ اسرارٕ ہُش حقائقن بابیٚتھ گژھ ذہنک اکھ حصہ موٚلوٚی
رٔش بچاوتھ تھاوُن بیٚلہِ تہٕ دوٚیم حصہ کامہِ ستی آوُر گژھِ تھاوُن۔
یِیٚمہِ بحثہٕ ستی چھُ سون توجہ سانہٕ دوٚیمہِ صلاحیتہٕ "زیٚہنہٕ وٕنٛرس"
کُن روح کران۔ ذہانتس تہٕ زیٚہنہٕ وٕنٛرس چھ پانہٕ وٲنی اکھ سوٚن رِشتہٕ۔
امہِ کِنی زیٚہنس تھاونہٕ وراے ہیٚکو نہٕ اسی کانٛہہ تہٕ کیٚنھ سمجھتھ۔ ہرگاہ راجہِ
ہندِس مرن وقتس تام اَسہِ رازٕ سُند وجود مشروط آسہِ
تیٚلہِ ہیٚکو نہٕ اسی کیٚنہ پاٹھی زانتھ زِ راجہِ ہند مرنک سبب کیاہ اوس۔
پلاٹ تخلیق کرن والِس چھیٚہ وومید زِ اَسی تھاوو وافاکھ زیٚہنس۔ اَسہِ
نہٕ چھُ توقع زِ سُہ تراونہٕ کانٛہہ پَن ڈبوٚل۔ پلاٹس منز سپدن واجیٚنہِ
پرِ پٕتھ کانٛہہ عمل تہٕ لفظ گژھِ گمنہٕ راوُن یہ گژھِ زھوٹ تہٕ آسُن تہٕ ہرتہٕ۔
ہرگاہ پلاٹ وردار نہٕ آسہِ یہ گژھِ منظم تہٕ بیٚہ جان مواد رٔش چھُ

آسِن - پلاٹ ہیکہٕ مُشکِل یا سہل آسِتھ اَکھ منز ہیکہٕ پُراسرار کٔرتھ آسِتھ یا آسِن گرٕ ھس مگر یہٕ گرٕ ھ پہٕ وتہٕ ڈولمُت آسِن - یتھٕ کٔنۍ اَکھ گنڈ مُژرتھ چھِ پوان تتھے پاٹھۍ چھِ پرن والیٚ شند زِیٚنہِ وونُے اَکھ اَندۍ اَندۍ گتہٕ گیوٚر کران روزان (ذہنک سُہ گوٚٹ پرٕ زنیار ییمیک اَکھ شپہٕ شپہٕ کٔرِتھ اَکھ توتُس اَند ژِھانتھ چھیٚ) تہٕ تم نشانہٕ تہٕ حادثن ہندس تلاش منز چھُ واقعاتن ہُنٛدِس ترتیب دِوان تہٕ تمن بیٚٹھ لوٚسِس غور کران - یتھٕ پاٹھۍ یُس اَحساس وتہٕ تلہٕ (ہرگاہ پلاٹ رُت آسہِ) سُہ اَحساس آسہِ نہٕ نشانن یا واقعاتن ہنزِ راٹھہ ہُنٛد اَحساس بلکہِ آسہِ جمالیاتی اعتبارٕ کمہِ تام تِتھہ چیزُک یتھ پاٹھۍ دٲنۍ اَکھ واٹھ آسہِ - اَکھ تیوٚتھ چیز ییمیک سیٚدِ سیوٚد اظہار ناول نگارس کرُن پزِ - ہرگاہ اَمیک سیٚدِ سیوٚد اظہار چھِ راہ ناول نگارٕ سند طرفہٕ سیٚدُمُت آسہِ ہیے نہٕ تیٚلہِ آسہِ ہیے نہٕ سُہ چیز گژھہِ پاٹھۍ ماریٚ موٚند گژھنہٕ کُنہِ چھُ پلاٹ پوٚرٕ پاٹھۍ کامیاب سیٚدان اَکھ صوٚرتس منز چھُ پرنہٕ موڈس بیٚٹھ کردارن ہنٛز سوٚ باو (فطرت) تسُنکھ آدر بناوُن پیوان - نتہٕ چھِ تم تقدیرکس ہاوُس سٕتۍ بیرُوسان ژِ آسہِ چھُ تہنز حقیقتھ کھٕر کرنس منز سون شوٚ غور کمہِ ورگرٕ ھان - اَمِچ مثالہٕ چھیٚ اَسہِ میریڈتھ سندِ کھوتہٕ دار یاہ زیادٕ ٹھاس ہارڈیس ژِش میلان. یُس میریڈتھ سندِ کھوتہٕ اہم مگر ناول نگارٕ سندِ اعتبارٕ کم کامیاب اَدیب چھُ - ہارڈی چھُ زکہِ شایر باسان، یُس پننین ناولن ہندی



یا ... چھُ کم المیہٕ ... کمنۍ دوٚشونی

ہُنٛد رُل چھُ آسان ۔ پتھٕ پاٹھی ہِم برونٛہہ چھِ پکان تمہٕ سٟتۍ چھُ اَتھ
ڈٕرامایی رنٛگ اَحساس سپدان ۔ دوٚیمین لفظن منٛز ہیٚکہٕ وٲنِتھ پتھ زٕ
ہارڈی چھُ واقعاتن ہِنٛدِس ترتیبس منٛز حادثن تہٕ گوٚڈنِکس سیٚٹھاہ زیادٕ
خیال تھاوان ۔ تِمہٕ زیادی منصوبہٕ چھُ پلاٹ آسان تہٕ کِردارن ہٕنٛز ترتیب
چھیٚ پلاٹ کیو ضرورتو موجوب لوان دِنہٕ ۔ TESS ہِنٛز شخصیتھ ہُرکاہ
(یوسہ اَسہٕ ہیٚہاوان چھیٚ زِ سو چھیٚ تقدیرہٕ کھوتہٕ عظیم) چھیٚ تِہنٛز ناوِلہٕ
ہُنٛد یہ پہلوٗ اطمینان دِوان ۔ اَمیک کِردار چھُ دارہِن شرکین منٛز گرفتار
گژھان تہٕ چھیکرس چھُکھہٕ گیہتہٕ ژلان ۔ شہ چھُ تقدیرس زیادے
ٹھُر کھالان ۔ تقدیرس پیٚٹھ چھِتر چھیٚپہ دِتھ تہٕ چھیٚ اَسہٕ عمل اکھ زوٗدار
چیز بنتھ دریٹھ لوان ۔ یہ زَن اَسہٕ اینٹی گنی یا جیری آرچارڈ ہیٚتر منٛز
بُتھ چھُ پیوان ۔ ویسیکس ہِنٛزن ناولن منٛز چھُ خاص تہٕ یاد تھوٗن
لایق پہلوٗ یہ زِ زمین منٛز چھیٚ تقدیرس ساتہٕ ذرٕ یہ نوٗن نیران ، بلکہٕ
چھُ تقدیرٕ اَسہٕ نش ہیوٗر تہٕ تھوٗد نیہِ کتھ چھیٚ ویسیکس منٛز تراونٕ
لایق ۔ ایگڈن ہیتھ چھُ یوشٹینا یہ بروٚنٛٹھے تور دوتمُت ۔ وَن چھُ
وُلواسیو وَراے ۔ "ڈائنسٹس" ( DYNASTS ) ناوِلہٕ اندر (یتھ منٛز
تمُو دوٚیمہ ذرٕ یہ چھُ وَرتوومُت) چھُ ہارڈی نکمیلس ووتمُت ۔ اَتہٕ چھِ
ڈرامایی ذَب کَنٛن گژھان ۔ جد وجہد باوجوٗد چھِ حادثہٕ تہٕ نتیجہٕ کِردارن
گُنڈِتھ تھاوان ۔ کِردارن تہٕ پلاٹس منٛز چھُ پوٗرہٕ پاٹھی تالُق قایِم
سپدان اما پوٚز ناولن ہِنٛزکامہٕ اَندر پوٚر رنٛگ سیٹھاہ جان طریقہٕ

وَرتاوِتھ تہٕ چھیہٕ اِنسانٕ ذِہنس بیٹھ تمہٕ پتہٕ ژھینچھ اندوٚند ڈٔریچ روزان،
کُس نام اہم مسلہٕ چھُ یُتھ جواب دِنہٕ چھُنہٕ آمُت یا دِمنز بدقسمتی
منز چھیہٕ یمہٕ کتھ بیش کرنہٕ آمژ یمہٕ گوٚڈٕ تہٕ غارٕ واضیح چھینہٕ کِردار چھہ
پُلاٹس ڈوٚکھ کرِتس منز آدراوُنہٕ آمتی، اَسی ہیکوٚ یہ کتھ تہٕ دوٚیمِین لفظن
منز وَنِتھ۔

دراصل چھُ ہارڈی وَنان زِ پُلاٹس تابین تھاوُتھ چھہ کِردار
کمزور گرٛھان، تِم چھہ ہوکھی تہٕ بیہٕ زوٚ باسان۔ کِردار گرٛھن پُلاٹکہٕ چھہ
نزٕ اکثر موٚجوٗب عمل کرٛنی تہٕ ناول نگارس گرٛھہِ پے آسُن زِ تِم کیٚتین گرٛھن
یلہٕ پَچھ تراونہٕ۔ ناولہٕ منز چھیہٕ سارےٚنے انسانی خاہشہٕ غم تہٕ مُصیبتھ
عملی شکل پراوان اکھتےٚ چھہ پُلاٹہٕ ہُریانہٕ دوٚیمو وسیلو باوُنہٕ ہینزٕ وِتہٕ
زمانڈان۔ پُلاٹس پیٹھ بحث کران چھیہٕ فوسٹرن ترٛتھ کتھ وَنہٕ یِژتی
دارِہن مسلن مُتعلِق پیٹھ وُرُن چھُ ووٚنھان۔ لیکھان چھُ :۔

" پُلاٹس منز چھُ پُراسرار آسنُک عنصر چھُ تتھ تہٕ گرٛھہِ وِنژھنےٚ
سپدُنی۔ راز موٚیہِ، یہِ فارمُلا گیہِ پیٹہٕ صدمہٕ تہٕ تمہٕ پتہٕ حل۔ ووٚنی دِمہٕ
بہٕ اکھ مثال یوٚسہٕ ڈِکنزٕ سِنزٕ چھےٚنہٕ (لوٚدوٚے "GREAT EXPECTA-
TIONS" ناولہٕ منز اکھ سیٹھاہ رٕژ مثال چھےٚ) تہٕ نہٕ چھیہٕ کونن ڈایل
سنز (ریٖمہٕ رٕش میہٕ پیٚٹھ ژروٚر نظر لُطف تُلنُک اِجازتھ چھینہٕ دِوان)
ڈاکہٕ لوٚسہٕ پیٚر بیر بڈکھ سِند تھکنہٕ لایق پُلاٹہٕ منز۔ بہٕ دِمہٕ پوٚشید
جذبیچ مثال یُس لیلیا ڈایل سِندِس کِردارس اندر چھُ۔

مِنٛز ہیٛکہِ سوال وُٕتھتھ زِ بیٚتھٕ ہن چھُنہٕ یولسِسگ ذِکر مُناسب۔ امیٚک
اندراج گوٚژھ پیمبری ہندِس عنوانس تَل کُنہِ دوٚیمہِ جایہ کرنہٕ یُن۔ میٚہ
چھیٚہ اَمہِ تنقیدِ ہٕچ اصلیتھ فکرِ تران مگر لوٚزہ ہُ چھُس بیٚتھین 'ZULLIKHA'
'TRISTRAM SHANDY' تہٕ 'FLACKERSS MAGIC DOBSON'
'SHANDY' سٕتی یِتھ حوالس گوڈٕ الوٲری دِوان، تہٕ کیازِ دوٚیمین
ادبین ہندِ شادمان تہٕ ننہٕ پرٕ سوکون مزاجکی پاٹھی چھُ حوالس ہُند
ودلُن ژرکہِ فنتاسی یاسان تہٕ اَتھ اندر چھیٚہ تمہِ تاثیرچ وِرژھے لِیُس
پیمبری ہُند لون چھُ" فنتاسی یا خابن ہُندسہ دُنیاہ اوان لِیُس
حقیقی دُنیہِ ہیٚنک حصہ باسہٕ چھُ ناولہِ ہُندسہ گہنٕہ لِیُس اَتھ شوُبراوان
تہٕ فکری بلندی ہُند آہنگ بخشان چھُ۔ دیومالا چھیٚہ پرٕ کنہٕ اَتھ
مالس منز واریاہ اَتھ روٗٹ کرِتھ ہکان مگر ہمیٚک ورتاو تہٕ چھُ خاص
فنکارانہٕ پوٚختگی ہُند مطالبہ کران۔ ناول نگار چھُنہٕ دیومالایہ ہُند استعمال
بلکل تِتھی اندازس منز کران یِتھ مازیس منز اَتھ عام لُوکھ چھِ زانان بلکہ
چھُ سہ اَتھ نوٚو مانے تہٕ مطلب بخشان۔ فنتاسی چھیٚہ دراصل تخیلک
بیٚہ پھرُوک مگر زوٗردار تہٕ بامانے ورتاو۔ یِتھ منز نوٚی دُنیاہ کھُرتھ تہٕ
گرِتھ تہٕ فنکار منز اَز ہُند بسکین روزُن گژھہ۔

پیش گوئی (PROBHECY) تہٕ چھُ بذاتی فنتاسی ہُندے اکھ گوشہ
یُتھ پٔنُن الگ وجوٗد چھُ امیٚک مطلب چھُنہٕ یِہ کیچ کتھ اَزی وُنتھ
نٕھادِلی۔ آوازِ ہُند سہ زیر و بم لِیُس ناول نگار ہِنٛس فن پارس اندر

اُدے چھِ تِم سٕرۍ دوٗر گژھان اُسۍ چھِ تی وُچھان یِتھ پٮ۪ٹھ تِمۍ زور دیُت مت چھُ آسان۔
پَننہٕ درینٹھۍ نہ پننہِ کنۍ چھِ تِس کٕتھ کٕڈان تہٕ ٹاپہٕ ژٹان۔

میٚہ چھُ دوٚگ مُت زِ ناوِلہِ ہُند پرٕتھ پہلوٗ چھُ پَرن وأنِس نِش

الگ الگ صلاحیژ ہُند مطالبہٕ کران۔ پیمبری ہُندِ پہلوٗ کِنۍ چھِ نہٕ

مُطالبہٕ۔ اکھ حِلمی تہٕ دوٚیِم تہٕ مزاح گنڈِ رٹُن۔ حِلمی چھیہٕ سٕرۍ صفتھ

یُس یہ کٲنٛسہٕ پنُن پسند ہُمس کران۔ زندگی ہندِ ین دارِ ہِن رٔنگس منز

چھِنہٕ حِلمی اکھ اثر بنان یو سہ پان بچاونُس تہٕ خود غرضی ہِنٛز صوٚرتھ

پراوان چھیہٕ۔ مگر اُمہِ اہمیتھ چھیہٕ کھرٕ۔ اَہِ کہِ مدٕ نہٕ وراۓ ہیکوٚ نہٕ اُسۍ

پیمبرٕ سِنٛز آواز بوٗزِتھ تہٕ اَسہِ پیٚیہ پیمبرٕ ہِنٛز جاپہٕ اکھ اَسِن لایق

شخص درینٹھۍ تہٕ لطیف حِلس۔ تِتھ چھِنہٕ بیٚنیِن کاہہٕ جاے۔ پڑِ مٕنزٕ

سُندِ یہ حِلس گژھِ تلُکھ تھاوُن۔ بائیبلہٕ ہندِ ین ژراڈ شٔرن ہندی

پاٹھۍ چھُنہٕ پیمبرس اَسِن ژاوہٕ وراۓ کاہہٕ چارٕ تِسُند ٹینہٕ کلہٕ چھُ

عجیب۔ پوٚزٕ اَسِن اُکس کُن ژأوتھ پرٕ ژبیٚنُن زِ یہ چھُ ہایتھ پھَل تہٕ اکھ

چھُنہٕ تنقیدی اعتبارٕ کاہہٕ موٗل۔

ڈِلو اُسۍ گردِ پیمبرس تہٕ نا پیمبرس منز فرق۔

زِ ناوِل لِگارٕ اُسۍ یِم علیاٰیی نیٚکس ماحولس منز برٔتھیٖیہٕ۔

تِمو دِژ ژیٚتھ نہٕ گۍ ژھینہٕ۔ مگر تِمو نہٕ اُبرٕ ژھ علیاٰۓ یِتھ ژراونی تہٕ نہٕ

اَمنک جاذبہٕ پیٚچ باوتھ تِمو اکھ زِندہ جاذبہٕ کٔنہٕ گرٕ۔ تِمَن دوٚ شونی اوس

عقیدٕ زِ گوہِمَن چھُ سِنزٕ اِسلامان تہٕ منزِگ اظہارٕ چھُنہٕ قدیم لوٗنانی یا

چیٚدہٕ ہندو مذہبہٕ نش رشتہٕ ژٔٹتھ ستۍ، تِکیا اَتھ شولارلوٕ سنٛدس سیدان
تموٗ ژٔترٕ رحم دِل چھُ سُہ ماحول یتھ اندر اخلاق ییُٚن منطبق ورتاوان
چھُ۔ اکھ سُہ منطبق یُس نتہٕ گُدٕ ژہ بیہٕ ماتے چھُ۔ گونا گارس سزا دِنگ
فایدٕ کیاہ چھُ پتہٕ ہرگاہ تس بلاج تہٕ سپد ہمگ گیاہ فایدٕ چھُ تو تام ہرگہ
پہٕ اَمہٕ ستۍ اکھ روٗحانی برتری باگہٕ ییہٕ پتہٕ اَمہٕ ہیرُک آگر چھیٚے پتہٕ چھُ کیاہ؟
اَمیُک آگر چھُنہٕ طریقہٕ کار نٔکرِ سُہ ماحول یتھ منٛز سو خاص کام سپدان
چھیہٕ سُہ چھُ موجبنگ تہٕ رحمک جذبہٕ (یُس ہیتھ عقیدٕ کِنہٕ) یُس خداہٕ
سندس ذاتس اندر چھُ۔

یم دو شوٗے ناول نگار چھِ ژٔری کِنہٕ اکھ اکس ہوی مگر تو ہہٕ سید
حارانی زٔ یمو منٛز چھُ اکھ جارج ایلیٹ تہٕ دوٚیُم داستوٗوسکی۔

ہرگاہ یہٕ وُنوُ داستووسکی لیس اَمس ادبی بصیرتھ یہٕ کتھ چھیہٕ
جارج ایلیٹس متلق تہٕ دٔرِس۔ یم دو شوٗے الگ الگ تھاوِنی چھُ
ضرورٕوری مگر یہٕ چھیٚنہٕ سہل کتھاہ کیہنہٕ۔ تہٕ یہٕ ہرگاہ پہندیو تحریرو منٛز
زٕ اقتباس پرٔ، دو شوٗے اقتباس باسن ہوی۔ یُس شخص گیوٚنگ
ذوق آسہٕ تمس باسن یم دو یو الگ الگ دُنیہو بیٹھ وُٹھی ہتی اقتباس:
یہٕ کرٔ 'ADAM BEDE' کہٕ اکہٕ اقتباسہٕ ستۍ شورٕوع۔ پینژاہ وٕری برونہہ
اوس یہٕ اکھ مشہوٗر اقتباس۔ ہیٹی چھیہٕ پننِس حرامکس شرس قتل کرِنکس
جُرمس منٛز موتُک سزا لگتھ قادٕ۔ سو کرِنہٕ جُرمک اعتراف۔ سو چھیہٕ
دِل ڈٔرِ تہٕ بائی قایدٕ گوٗر دِناہ (DINAH) چھیہٕ تس سمکھنہٕ یوان۔۔

دِناہِ ہیوٚتُھ شکھ گرزھن زِ ہٹی چھاتہٕ پےٚ زِ یُس تس نش ہیتھ اوس ، سُہ کُس سناہ اوس ۔ مگر تمہِ زِ زُ زیادٕ زیادٕ زِ تمُ ہنز حاضری یُس عقلہٕ نہٕ عٔلمہٕ بالا چھُ ۔ نہ نہ ، زٔنتہٕ سو اَکُے اکھ جھپہٕ اُسن ، یہ اوس اَسمانی رحم یُس تٔہندِس دِلَس منز دُب دُب اوس کران تہٕ اُمِس حفاظتھ کران یُس کانہہ ناوٕتُس تہٕ اوس نہٕ ۔ جھیکرس کرناوکھ سو کُنھ یہ زانہٕ موکھ زِ ہٹی کوتاہ جھیہٕ ازکالہٕ نش باخبر تمُ ووٚن حلیمی سان ، " ہٹی ، ژٕ یہٕ چھُپہٕ پےٚ زِ ژٕ یہٕ نش کُس چھُ ہیتھ ؟ "

" اَدٕ ، ہٹی دِتُس اَسہٕ پاٹھی جواب ، " یہ جھیہٕ دِناہ " بُرزُس کھنڈُس زھوپہٕ لاگِتھ ووٚنُس اَدٕ ، " پوٚرژ ہیکھ نہٕ میانہٕ باپتھ کہیں کرِتھ ، نہ ہیکھ تہندِ اکھ کیہنہ کرناوِتھ ، تم دِن میہ ژٕنہٕ وارِ دوہ پھانسی تہٕ اَز جھیہٕ شکر دار " ۔

" مگر ہٹی ، جیلہٕ کوٹھرِ منز چھُ میہٕ ہریانہٕ بنیہٕ تہٕ اکھ زوٚن ، اکھ سُہ زوٚن یُس ژٕ یہٕ سپھاہ نکھہٕ چھے ، ہٹی ووٚن کانہتھ کنہٕ کھسراے کران ، " کُس ؟ "

" کانہہ سُہ یُس چانہٕ پاپہٕ تہٕ مُصیبتن ہنز گرِ ژٕ یہٕ ستی رٔود ۔ یُس تتھ سارِے واقف چھُ یہ ژٕ یہٕ سوٚنچتھ ، یَس پےٚ چھُ زِ ژٕ کوٚت گٔیکھ ، کتہٕ شوٚنچکھ ، کتہٕ وُژھکھ ؟ یُس چانین سارِنے کرمن وُچھان چھُ رٔود مُت ، یم ژٕ یہٕ اَنہٕ گٹہٕ منز دباوِتھی پیٚژھتھ ــ تہٕ ژٕنہٕ وارِ دوہ ییلہٕ یہ ژٕ یہٕ مرنہٕ ہیکے نہٕ بیتھ ، ییلہٕ میانہٕ نزِ ژٕ یہٕ تام

برابر اَسہ ہیٚنِنیو اَمثالہٕ داو ہوٚسنۍ گوٚبراوان زِ پوٚرِ پاٹھۍ حقیقتھ پسند
آسُن چھُ ناممکن تہٕ کیٚنہہ قسمہٕ ادبی تخلیق پیش کرنہٕ باپتھ چھ واقاتھ ترتیب
دِنۍ ضروٚروٚری ۔ او! تجرباتی طریقہٕ ناولہٕ منز وَرتاوُتھ چھُ نیالیس اندبوٚر
لگان ۔ تجربک خیال چھُ پانس ستۍ ترمیمک تصوٗر ہیتھ یِوان ۔ اَسی چھِ
پُرنۍ کیٚنہہ حقیقی واقاتو ستۍ ابتداکران یوٚسہٕ زَن ساٗنۍ نسہ بۍ باد جھیٚنۍ یوٚسہٕ
نناہ سپدتھ ہیکہِ ۔ مگر یِمن واقاتن ہُند طریقہٕ کار ہاوُنہٕ باپتھ چھُ ساہ
باپتھ اَلیوٚد پاد کرُن تہٕ بٔرو نہہ پکناوُن ضروٚروٚری ۔ یِوٚہے چھُ ایجادکاری
منز سون حصہ تہٕ اَتھی جایہ چھُ کتابہ منز جینیس ( GENIUS ) نوٚن
نیران ۔ پیٹھ کیٚنہہ گرتھس تہٕ اوٚسلو بکس سوالس کُن پتھ پھیرِنہٕ وَرایہ،
پتھ پیٚٹھ پہٕ پتہ کتھ کرِ، جھس بہٕ پتھ موڈس ییٚٹھ دُنان زِ اَسہ پزِ فطرژ
منز ترمیم کرُن مگر فطرژ تس پزِنہٕ ژلُن ۔ خاص کر تمہٕ ساتہٕ ییلہِ اَسی
ناولہِ اندر تجرباتی طریقہٕ وَرتاوَو ۔ ہرگاہ اَسی یہ ورژھتے ژتس تھاوَو
زِ مشاہدہ چھُ ژبینہٕ وَن دِوان تہٕ تجربہ چھُ پیٚتھ ناوان۔ اَسی ہیٚہ سکوٚ
دُکۍ کیٚن تہٕ تجربک یالوٚد سبق ہیٚنِن کتابن ہند باپتھ وَرتاوُتھ"

ناول زندگی ہُند اپہٕ تسلیم کرتھ تہٕ چھیٚنہٕ یہ کتھ اہم زِ یوٚسہ زندگی
ناولہِ منز پیش سپدتھ اندر گرژھ کینہہ شاہ تیٚتھ آسُن لیُب پرن وائس
کٔشش کرِ، تہٕ ہرگاہ تس ناولہِ منز تہٕ سوے زندگی باگنۍ آیہِ پتھ اندر
شہ ژوان چھُ، تیلہِ کُس چیز کرِ تس کٔشش ۔ زندگی ہُند اپہٕ اَتھ
تہٕ چھُ ناول نگار سُند منصب زندگی تخلیق کرُنۍ، ترژھ زندگی یلوٚسہ

وائتھ ہیکن نہٕ ، یِیلہٕ موت آسی یِیِتھ، امہٕ سِتۍ چھُپٕھ کانہہ پھیر پیوان،
اُسی مرو یا لسو اُسی چھہٕ ہمیشہٕ دٲلیس نظرن تَل۔

" اوہ ۔ دِناہ ، میانہٕ موکھہ ہیٚکہِ نا کانہہ تہٕ کیہنہ کٔرِتھ ؟ تمہٕ دِینہٕ
میٚہ صنوٗرُوٗر پھانسی ۔ میٚہ چھُنہٕ کانہہ پرواے ۔ میٚہ کٔر اَتھہ روٗٹ ....
بہٕ چھُس نہٕ کانہہ تہٕ چیز بچاوِتھ پاکھٕٹۍ موٗ حسنوس گٔران ۔ میٚہ چھُ دِل ٹُکرٕ ٹُکرٕ
گومُت "۔

دِناہَس زورٕ رٕٹس زورٕ دہٕ شوٗرے اَتھہ ، تٔسند رُح آو سمکھ تَستہٕ
آوازِ منز ، اَمِن ییٚن اُچھن گاشہٕ ، سہٕ وُچھن دٲلیس یُس تَس گیر
کٔرِتھ چھُ ۔ اَزن تَس تَھٕٹ بییہٕ کُنہہ ییٚچھٕ نہٕ ، تہٕ تتھ گوہس ییٚچھ ییمی
سوٗ تَس لیٚنہٕ ژٔرٕٹ ، سنگہ پہٕ ولیگل ، سوٗ ہیٚنی وُچھ مُتُرٕ راو ، سہٕ دیاون
بڈٕ ہنٹہٕ کریکہٕ ، " خدایہ ، میٚہ کوٗر اَتھرٕ "۔

دِناہَن ترٔناوِ ترٲوِتھ ژاپہٕ ہٹی ہکھن ، " بہٕ مُتُراو ژٕلو .... بہٕ
وُنہٕ سوٗرے نہٕ دوہ ژٕلی تھاوُن پہٕ برونہہ کُن بہٕ کِتھہ ژٕکرٕ ۔ میٚہ کوٗر یہٕ اَتھرٕ
دِناہ میٚہ لوٗزٕتھ موصلوم شروُلس منز دو برن ، تمی دِژ چکہٕ تہٕ میٚہ
لوٗز چکھ ، بہٕ روزٕنس لوٗت دوٗرا اَستھ راٲنی راتَس چکہٕ لوزان ہانزو
چکو موکھہ گیس بہٕ تتھ جایہٕ والپس ۔ اکہ برٛنز نیٚتہٕ لٕگ سہٕ ٹٲنڑو کالتھ
کرنکہٕ انداز ، لوٗزٕ میٚہ اوس خیال زِ سہٕ مرِ نہٕ ، لیکن چھُ زِ سہٕ ییہہ کانہہ
اَکھ ۔ میٚہ موور نہٕ سہٕ ، میٚہ جیوٗر نہٕ تَس پانہٕ ہوٗٹ ۔ میٚہ تھوٗو سہٕ
ننین تہٕ ییٚچھ کوٗرمس ژھیدُن نہٕ لوٗ نام بہٕ والپس آلیس سہٕ اوس

موکلیوو مُت۔ میہٕ چھُنہٕ پتہٕ پے زِ شری سند مرنچہِ شینچھ تام کیاہ اوس
میون حال۔ میہٕ پیٚیہِ سہ تنتین سوو خیال اوسُم زِ جان گیوو زِ وانہٕ
کالنہِ نشہِ، ییٚس نہٕ اُمس مرنہٕ دِیہِ۔ پوز پیٚیہِ میہٕ وُچھ زِ سہ چھُ موکلیو مُت،
لہٕ زستہٕ گیہِ میہٕ گٔنی۔ میہٕ باسے یہ پزنہٕ پیٚٹھی کم وری، پے اوسُم زِ زِ لِتھ
ہیکہِ نہٕ تہٕ پریچھ کالنہِ لگہِ میہٕ ڈلیتھ شری سُندپے۔ میہٕ گیہِ واگنہِ نِلہٕ وٕٹھ،
میہٕ اُسنہٕ کُنہِ بیبری خاہش تہٕ نہٕ اُسس کوشش کران۔ باسان
اوس زِ بہٕ روزنہٕ اندہٕ وند تتی تھے استاد تہٕ کانہہ تہٕ چیز ڈلہٕ نہٕ بینہٕ جایہ۔
پوز تم آے تہٕ نی ہس"۔ ہٹی لاج زھوبہ، مگر تمہِ کر اکہِ لٹہِ بیٚیہِ دِنہ
زنتہٕ کیا ہتام تنھ اوس۔ دِنا روز پراران تہٕ کیاہ زِ لَسی اوس دِل
نیٚوت بُرُنگہ اَمُت زِ وَنہٕ بروٹھے اوسُس اوش ھٹینچہِ وسان،
چھکرس رِج ہُٹ ہکہِ لگان لگان لبلہٕ کرنہٕ۔

دِناہ! زِ چھکھ سونچان زِ خدلے والہِ تمہ کمہِ تہٕ وُلسی ڈیتھ؟
ودہٕ ڈ ووٚنے میہٕ سورُے۔

" بچاری گوناہ گار کوری ولہٕ اُسی کرو دُعا، ولہٕ اُسی دِمو سجدہ
نہٕ کرو دُعا"

زھو چرہِ کُنہ کورنہٕ میہٕ بُتھ منظرس ستی الصاف۔ جارج ایلیٹ
ہسنہِ کامیابی ہُند راز چھُ شدتس منز کھٹتھ، اوسلوبکس مالس
منز چھُنہٕ تس کہنہ تہٕ ٹھکُن لایق۔ یہ منظر چھُ سنجید، ٹھوس
دردِ ترِتھ تہٕ علیسلے چھکس فنھس منز کرتہٕ ناوتھ۔ یس دونھس

دِناہ آلو چھیہٕ دِوان سُہ چھُ لیکھن واجنہٕ ہندِ بایُتھ تہٕ اکھ زِندٕ طاقت۔
سُہ چھُنہٕ پَرن والین ہندی احساس بردٕ نہٕ اُتنہٕ موکھ کھُرنہٕ آمُت،
سُہ چھُ انسانٕ ہندِین اُتزِین تہٕ تکلیفن ہُند قدرتی ہَرتَرٕ۔ برادرس
کرٕ موزوف منز لوہٕ کنیک منظر چھُ اُمہٕ رَنش وکھرٕ تہٕ متضاد (انیایہٕ
چھُ موٗل قتل کرنُک الزام پِوان کھارنہٕ، لوٗدٕدے سو فوتو لوٗنی نہٕ ٹلیکہ
رُوحانی اعتبارٕ مجرم چھیہٕ) تمہِ گےٚ پرِدٹو کوٗس آخری نظر گُذر دِنہٕ۔ اِمنیا
ووٗتھ تھوٗد نہٕ پَتہٕ کُرسی ہورکُن گوٚو برٕدس نِش کوٗنس تام تہٕ شوٗنگ
اُکس زیچھٕ کرسی پیٹھ بِہِتھ کمل آس وُرِتھ تہٕ شوٗنگ وٚلہٕ وٚلہٕ۔

تمہِ وُچھ اکھ وِہشت ناب سُپُن اکھ جایہِ یاد قتس ہِنٛز کانہہ تانِیُن
اوسنہٕ۔ سُہ اوس مادٲنی علاقس منز کُنہ تام جایہِ گرنڈھان ییٚتہٕ شُہ
دارِیاہ کال بردٕ نہٕ رُوٗدمُت اوس۔ اکھ گروٗس تَس رِیڈس منز پکناوان
یُتھ رِیڈس زٕ گُری لمنس آسی۔ تمہِ آسی شیٚنہٕ تہٕ زُربہٕ منزٕ لیکان ....
نکھے اوس اکھ گام تہٕ تمہِ پارٕ ہنیکہِ سُہ وُچھتھ، نِصف پارٕ آسہٕ
دُرزِ صرف آسی اُڈٕ ڈوٗدی کوٗڈی زِنتہٕ اڈ اوس تہٕ ییٚتھے تمہِ اندرٕ ژاے،
گرٕلیہٕ بایَن ہنزٕ تندٕ لہٕ آسہٕ وَنہٕ دَتہٕ، گُتجہِ زنانہٕ، اکھ بُڈٕ ٹنگ تمہِ آسہٕ
کمزورٕ تہٕ لبہٕ لد، بُتھس اوسُک لبدٕ ریار، خاص کرِتھ اُندٕ پچ ژٕنی،
قدوار زنانہٕ، یِمِس اُڈٕ ی چھہٕ شِنہٕ آسہٕ۔ سو آس ژٕ تجھہٕ باسان مگر آہٕ سہِے
مسا دُہٕ، بُتھ اوسُس زٕ بُڈ مگرنیک۔ کوچھ منز اوسُس لوکُٹ
شُر برٕزھان، ہِنہٕ تُسند وَچھ اوس تیوٗت دوٗدمُت باسان زِ اکھ

منز آسنہٕ دوہ وچ سر سأے تہٕ۔ شُر اوس پہٕ وُدنس تھکھے کران، سُہ اوس تُرٕ وُہرتھ۔ ییتھ نہٕ ہچہٕ ہچہٕ نرٕ تہٕ اکھٕ اُسُس نترٕ ستۍ نیلے ہتۍ۔

"یم کیاز چھ کربکہٕ دِوان؟ اما یم کیازِ چھ کربکہٕ کربکھ کران؟ تیاہن کوٗر سوال تمہٕ ساتہٕ ییلہٕ تم اسان تہٕ گنہٕ ان اُپارۍ درٛاے "یہ چھ شُر" ریڈیواکی وُدنس "شُر چھ وُدان" گرلیہٕ پاٹھۍ ہندس جوابس پیٹھ گووٚ منتیا حأران "موصُم" تہٕ تس گوو گرلیہٕ سُند موصُم" وَنُن خوش۔ اکھ منز باسیو زٕ وُر رحم۔

"لوٗز یہ کیازِ چھُ وُدان؟" منیاہن کوٗرُس چاُرۍ پاٹھۍ سوال "اُمِس کیازِ چھیہٕ لوکچہٕ لوکچہٕ نرٕ نینۍ؟ مول موج کونہٕ چھُس نرٕ دُلتھ تھُوان"۔

"اصل کتھ چھیہٕ زِ یم چھ غریب، یم نا ہٕ کنۍ پیار چھِ ییمتۍ، یمن چھُنہٕ کھیوٚن بتہٕ، بیچان چھِ، گرٕ چھکھ نا دُدی متۍ۔"

منتیاہس تۆر نہٕ یوٗت کرٕ تھ تہٕ فکرٕ۔ نہٕ پہٕ میہٕ وَن یمہٕ غریب ماجہٕ ییتہٕ کیاز چھیہٕ ہتیٖن استادۍ؟ لوٗکھ کیاز چھ غریب؟ سُہ شُر کیاز چھُ غریب؟ یم مأدان کیازِ چھ وُجار وأران تہٕ سگہٕ دادِ کریتان؟ یم کیاز چھنہٕ اکھ اکِس موونی تہٕ ماہ کران؟ خوشی ہندین نعمن کیازِ چھُنہٕ گرینۍ؟ نہٕ آسنگ تمن کیازِ چھُ یمن تُھس آمت منتھنہٕ؟ شُرس کیاز چھنہٕ یم دود چاوان؟"

تہٕ تس باسیو وزٕ تہندی سوال غأر موقوٗل تہٕ بیہٕ مانے نوتہٕ اوس سُہ نہٕ بۆر زٕ ھن نرٕ ھان تہٕ تس اوس یہ سورُے اُمی آیہٕ

پڑژھن، تَس باسیوو ژٕ رحمک جذبہ ییٚیمِ تَس اُمہ بروٚنہہ کانہہ زان أسنہٕ چھُ، تہندِس دِلَس منز زایِن لبان تہٕ سُہ اوس کریکہٕ کر یکھ کرٕنۍ یژھان، سُہ اوس یمِن سارنے ہندِ بابتھ کیہنہ کرنُک خاہش مند یُتھ موصُم بیٚیہ وُدِ ہے نہٕ، یِتھ کینژٕ لبتھ ماجن دُدٕمن بیٚیہ ہے نہٕ تہٕ اُمہ گرِ یِتہٕ کانہہ شخص اَتھ پھیوٗر ہار نہٕ۔ سُہ اوس پانہ سوٗرے یکدم کرٕن یژھان، سارِنے رٹِن تہٕ کھٹرٕن ہُند پرواے کرنہٕ لوٚس تہٕ کورو موزوف پتس احمقازی نظر تَل اُہتھ تہٕ تَس آو وہنہ گاشراونہٕ تہٕ تمی تَل گاشس کُنن قدم ہُس، ووہ ٹلیہ زِند روزنچ خاہش، بروٚنہہ بروٚنہہ پکنچ کل، نوٚس پیٚیہ کروٗہن گاشس کُن سُہ اوس رفتارس منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تیزی کانچھان۔

"کیاہ کتہٕ؟" اُچھ مژٕرِتھ ووٚن تمی اسن گژاے کرٕتھ حارنہٕ سان۔ سیٹھہٕ پیٹھ کُن کرٕتھ زٕتہٕ سُہ بے ہوشی یتہٕ وُنی ہوشہٕ اوس اُمُت تہٕ اوس کھلہ ڈٕلہ پاٹھی اسان۔ نکولاس پرٕفیتووِچ اوس تَس نِش استادِ پیٚہ تجویز ہیتھ زِ سُہ بوٗزِن پرولوکوٗلچ عبارتھ بڈٕ بڈٕ تہٕ اُدگری تَس دستخط منیاہس اوس اندازہٕ سُہ اوس گنٹس تہٕ ماگنٹہٕ کھوتہٕ زیادٕ کالس شونگتھ۔ پوٚز تمی بوٗزٕ نکولاس ہنز آواز۔ پہ زانیتھ گیہ تَس ہنگ تہٕ منگہ حارانی زِ تَس چھُ شکِ پہ شاندس تَل تہٕ بیٚلہ تمی ٹھکیتھ پتھ کُن نزوٚو تمہ ساتہٕ اوسنہٕ تکہ دِلیے کُنہٕ۔

"میہ کمی دیُت سُہ شکِ پہ شاند؟ یہ کُس اوس لوٗت میٚہربان؟

تمۍ دِژ کرِتھ، اِحسانمندی ہُنڈ سرشار جذبہٕ ہسان، تَس اُس آواز کھوکھر ہِش زَنتہٕ کُنہٕ تام تَس پھرِتھ اوس ژھُنمُت۔

تَس ہیوٚکہٕ زاہنہٕ تہٕ پے ٹکِتھ زِ سہ ییٚہر بان کُس اوس؟ شاید اوس گرِ لیپی تَس سمکھن والیو منز کُنہٕ تام بہٕ کارکوٚرمُت تہٕ ما آسہٕ ہے نکولاں ہٕندِس رینیہٕ سکریٹری یَس تَس شاندس تَل تکی بہٕ تھاونک خیال آمُت۔

پوٚز تَسُند رُح اوس اُش طاری ہِتھ بیٚقرار، سُہ گوو میزس نِش تہٕ ووٚنکھ سُہ کرِتھ ساری ہے دستخط یُتھ بیٹھ تمن تمۍ ہُنڈ دستخطہٕ صوٚروٚر تھاوٚ۔

"بزرگو! میٚہ وُچھ اکھ رُت خاب، تمۍ ووٚن اُکس عجیب لہجس منز بُتھس پیٹھ شادمانی ہُند بھولہٕ وُن گاہ ہِتھ۔"

یمن دہ شوٚپن اقتباسن منز چھُ یہ بھیر زِ گوڈنیک لِکھاری چھُ مذہبی مبلغ تہٕ دوٚیم چھُ ہیٚغمبرہٕ جارج ایلیٹ چھِیہٕ خُدایس مُتعلق کینہہٕ کران مگر یُنہٕ مرکزِ ہِش چھنہٕ ڈلان۔ میز، کُرسی پرِتھ چیز چھُ اُکی ہے سِلسِلس منز لیوان، نتیجہ چھُ یہ زِ اَبہٕ چھُنہٕ برتُرس سِ تہٕ یہ اِحساس گرزھان زِ یُتھ ساری ہے کاینات چھِیہٕ رحم تہٕ لوٚلہٕ صوٚروٚرتھ۔ تمن ہنز صوٚروٚرتھ چھِیہٕ فقط ہٕتی ہٕندِس باندی واتس اندر۔ داستوٚوسکی ہٕندِن تحریرن منز چھُ کِردار تہٕ صوٚرتھ حال یُنہٕ ظاہری مانے کھوتہٕ واریاہ برونہہ تہٕ سرس، یمن چھُ لاہنا یُتھ ڈکھس۔ یوٚدوے یم فرد کنہٕ باقے روزان چھِ تم چھِ اَتھ ساری ہے نالہٕ رٹہٕ موکھ کاڈکڈان تہٕ لاہناتس چھِ ناد دِوان تُہنز سہ یمن نالہٕ رٹہٕ۔ اُسی ہیکو کیتھ اِین سنابہٕ ہُند

پہ مقولہٕ اَتھ دٔرراوِتھ زِ دَے چھُ رُحس اندر تہٕ رُح دٔلیس منز، یتھ کُنہِ گاڈ بأیس منز چھیہٕ تہٕ آب چھُ گاڈِ منز۔ سُہ لیُس تہِ جمکہٕ لیکھان چھُ یتھ اَندر چھیہٕ اَمی چالہٕ دُستھ تہٕ واہراوِتہٕ یوٚہے چھُ اَدی پننہٕ تحریرُک ہاوُن تہٕ باوُن لالِنی روح۔ عام سوچہٕ موجوٗب چھُ سُہ اکھ عظیم ناوِل نگار، تہٕ دٔپتھ گووزِ تہندِ کِردارن چھُ عام زندگی سٟتۍ واٹھ تہٕ ستی چھہٕ تم پننس اَندرِس تُکھس منز لسان بُسان، تِتھۍ واقاتھ تہِ چھہٕ یم اکہٕ شادمان چھہٕ تھاوان۔ تِس چھُ بیمبری ہند بجر تہٕ، یتھ سون عام معیار تولہٕ ہیٚن کرِتھ ہیکہٕ نہٕ۔

یوٚہے خلا چھُ ہٹی تہٕ منتیاہس منز، یوٚد دَے دہ شوٚے اَکی اخلاقی تہٕ دیومالأیی دُنیہکۍ بکین چھہٕ۔ ہٹی، یٚیلہٕ اَسی بیتہٕ حابہٕ نمون چھیہٕ بینہٕ جایہٕ مکمل۔ سو چھیہٕ غریب کوٗر یوسہٕ پنن جُرم مأنزراوِتہٕ چھیہٕ لوان، یتھ کُنہِ چھیہٕ سو اَکس بہتر ذہنی حالتس منز۔ مگر منتیاہ ہرگاہ اَسی اَمہٕ حابہٕ نمون، سُہ چھُنہٕ مکمل۔ اَسی چھہٕ تہندِس کِردارس سام ہیوان ہیٚنی تمہٕ چھہٕ وَنان زِ سُہ چھُ بداتی کالہٕ تہٕ رٔوسی پننہٕ دی پاٹھۍ تکہٕ باپتھ پرزنہٕ ہیٚتھی انجان مند۔ اَسی چھِنہٕ سُہ تو تام زانِتھ ہیکان یوٚتام اَسی پہ وُچھان چھِنہٕ زِ سُہ چھُ واشی کڈان۔ تمۍ ہیٚنز شخصیژ ہند سُہ حصہٕ یُس داستوٗوسکی یِن خاص پأٹھۍ گاشرووُمُت چھُنہٕ چھُ سُہ یکرِ انہارس سٟتۍ وابستہٕ تہٕ نہٕ خابَن ہندس دُنیہس سٟتۍ، بَلکہ چھُ یہ حصہٕ اَکس تُکھس علاقس منز بیٹھتھ بیٚنہٕ تِس سٟتۍ بلہٕ فے اِنسأنی نیتھ تہٕ شرکیہ

سپدتھ ہیکہِ ہے۔ متیاہ سُند ذکر چھُ اُسہِ سارِنے کوم گران تہٕ تِتھےٚ پاٹھۍ
چھِ ایبوشاپہٕ اسمرڈ یاکوف تہٕ۔ اسمرڈیاکوفس چھیہٕ ییمبری ہنز بصیرتھ
تہٕ تہٕ ناول نگارہٕ سُند تخلیقی بل تہٕ۔ اُتھن چھُنہٕ سہ اُسہِ سارِنے گیڈ کران،
بُلکہ چھُ سُہ تہٕ متیا ہس ہیوٗہ پتھ کُنہِ ہٹی، ہٹی چھیہٕ روزان رُوسچار، لول،
دیاپہ ہندِ ذری یہ عملہٕ ہندا اکھ داس چھُ اُکس نتھس علاقس منز باطل یوان
ییمیک صرف تصوٗر کرنہٕ ہیکہِ پتھ تہٕ یُس وَنہ اتہٕ یاپتھ ہکش اکھ غلط
طریقہٕ کار چھُ۔ کراموزوف، فِکشن سکونی کوف ہندس تہٕ موےبےڈک
ہندس دُنی یہس منز اُژوا سی ندٕ ڈلی۔ اَتہٕ نہ چھُ کانہہ پرد ہٕ ہٕنہ چھیہٕ
داستان کانہہ رمز، یہ چھُ فکشنُک دوہدشُک دُنیاہ مگر یہ دُنیاہ چھُ
پتھ کالس کُن گژھان۔ بہٕ دُن چھُ زلیڈی برژام ہنز ژھوٹ تہٕ مزاج
برژ شخصیتہٕ ستی سپد اَسہِ پم ستی مالہٕ وَنہ اَتنس منز اکھ روٹ، اَمہٕ
برہٕ نہ چھیہٕ اَسہِ لیڈی برژام صونس پیٹھ یگس ستی یہتھ وُچھمہٕ۔ اَسہِ
اوس دائرہ ہُت زلیڈی برژام چھیہٕ اکھ سپد کردار، یُس اندر حرکژ
موٗجوٗب نہہ دار، تاپتھ سپدنک بتہٕ چھُ۔ متیا چھُ نہہ دار کردار،
تُس چھُ واش تہٕ کاڈ کدٹنک بتہٕ، سہ چھُنہٕ کانہہ کتھ ژوٗر تھاوان (ستری
سہ یہ وَنان چھُ نتھ چھُنہٕ تی ملنے (اشاریت) سہ چھُ صرف ڈیمتری
کراماژوف۔ داستوفسکی سُند چھرا اکھ فرد آسُن چھُ پتھ کالہٕ کس باقی
لوکن ستی شامل سپدُن۔ نتیجہ چھُ یہ نیران زِ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ چھُ سُندہ گرچھ
دوان۔ میانی یمن پوٚت سادہٕ کین لفظن اندر۔ "بزرگو! میہٕ وُچھ اکھ

رُت خاب"۔ میہ تہٕ وُچھاسہٕ رُت خاب ؟ ہنہٕ۔ داستوٗوسکی سٕندی
کِردار چھہِ اَسہِ تجربو کھوتہٕ زیادٕ سٕنزِس وَسنکُ مطالبہ کَران۔ تِم چھہِ اَسہِ
اکھ اَنٛجاس بخشان یوٚس کینٛژھاہ جسمٲنی چھیہٕ۔ یتھ کاینٲتس اندر ڈٕنگہٕ
وَسنکُ اَنٛجاس تہٕ پنُن تجربہٕ ہیوٚر سیٹھاہ ہیوٚر سوٚتھرس پیٹھ
یِیران وُچھنکُ اَنٛجاس۔ اَکھ چھہِ ڈُنہٕ تہٕ اِنسان۔ اَسہِ چھیٚنہٕ کانٛہہ چیز
اَتھہ تَلہٕ گومُت پوٚز" سدرٕ چھہِ گاڈٕ منز تہٕ گاڈ سٕدرس منز۔"

ییٚتین چھہِ اَکھ موضوٗع کُس بٔنس نام دِاتان۔ اَسہِ چھُ ہیمبر سٕندس
پاگامس سٟتۍ تالُق نہٕ ہیکہٕ یہٕ تہٕ دِنہٕ یتھ زٕ ہرگاہ مواد تہٕ گرتھ اکھ اَکس
نِشہٕ الگ ہیکَن نہٕ کرِتھ) اَسہِ چھہِ اَکھ سٟتۍ سیٹھاہ کم واٹھ۔ انجہِ آواز
ہُند لہجہٕ تہٕ نغمہٕ چھُ سیٹھاہ اہم۔ بُنان چھُ زِہتی آسہِ باندی وانس منز کانٛہہ
جان خاب وُچھمُت تہٕ تَس مُتلق ہیکہٕ یہٕ پزٕ ی کِنہٕ دُرس تہٕ اَسِتھ۔ دِناہ وَنہٕ
زِ سوٚ اَس شاد تہٕ مسروٗر۔ ہتی دٕرراوِ پنُن خاب یتھ منیاہس مُقابلہ
کَرانس سٟتۍ واٹھ آسہِ۔ یرتھ پاٹھی وَنہٕ جارج ایلیٹ رتین خابن تہٕ ہینہٕ
آمتین لُوکَن ہیٹھ اَمہٕ کین جان فائدن مُتلق کینٛہہ شفقہٕ تہٕ ہمدردی ہنز کتھ۔
ہٕ منظر، زٕ کتابہٕ تہٕ زٕ لکھاری چھہِ اکی وِزِ ہوی تہٕ کُلہم پاٹھی بیوٚن بیلن۔

ییٚتین چھُ بیا کھ اکھ لوکتہٕ دوہ نِشان۔ چھراہ ناول نگار سٕند
تھۍ نیتہٕ چھیہٕ ہیمبرس کینٛہہ تمہٕ آسائشہٕ بدس زِ کُنہٕ کُنہٕ چھُ ونیچر کرِہانہٕ
سہٕ تَس ڈرائنگ روٗمس منز بیہناوِتھ تھاوِنس لایق بُنان، شاید
تھاوِ سہٕ ہمَن چیزن چھلہِ تہٕ بھلہِ گرتھ نہٕ ڈالبکھنس نگر ییتہٕ چھُ بُنان

زِ کرناوِ یِمَن نیہٕ نیہٕ ۔ یہِ زَن میہٕ فنتاسی نگارس مُتلق وَوَن، سُہ چھُ آشہٕ ہنز پرژ ہیٚنہٕ بایتھ وَرناوس لایق بناوان، یوسہٕ گاہ بیگاہ، یوسہٕ گسہٕ آمنین چیزن پیٹھ پہوان چھیہٕ تہٕ تمَن عام حالاتَن منز درینٹھی ینہٕ والین چیزن ہنز کھوتہٕ زیادٕ نوٚن کڈان ۔ یہِ کھٹراو چھُ حقیقتھ پسند داستوٚوسکی تہٕ ہرمَن ہلوٗئی ہسند بن تحریرَن منز جایہٕ جایہٕ درینٹھ پوان۔ داستوٚوسکی ہیٚکہِ ہٕٹہِ سوکھ سان مقدرِک یا کاٹھی ہیرِ ہند مُکمل بیان کرِتھ تہٕ میلول ہیٚکہِ تمَن سارِنے چیزن ہُند ہنرس بناوِتھ یِم دیل گاڈِ ہیران چھِ ۔ الستَند دوٚپ چھُ "تہندِ سادٕ چیز وُچھ میٚہ سارِوے کھوتہٕ کھرِ دار) ۔ ڈی ۔ ایچ ۔ لارنس ہیٚکہِ گاہے مرگہ یا پوشہٕ باغس منز اُژنکُ بیان کرِتھ ۔ پیش منظرس منز لوکٹن لوکٹن چیزن پیٹھ چھُ کُنہِ کُنہِ سُہ زیادٕ توجہ دِوان ۔ برعکس منظرس منز موملی چیز چھِ موقہٕ وِرِ ہیمبر ہسند بایتھ کافی آسان ۔ سُہ چھُ یِمَن چیزن ستی تیٚتھے کَنہِ اَوُر گرِتھان یتھ کنہِ لوکُٹ شُر دوٚن زِنٚترل کورین درمیان گرِتھ۔

اُتھ منزِ مس وقتس دوران کیاہ چھُ سُہ زِنیان ؟ یہِ چھا مرتیہ بیا کھ اکھ صوٗرتھ کنہِ سُہ چھُ سوکھ بران ؟ اَسہِ چھُنہٕ پَے ۔ یہِ چھُے اِحساس .. ییمہٕ نش کلاوڈیل تمہٕ ساتہٕ واقف چھُ سپدان ییلہٕ سُہ ڈپلومیسی کران چھُ ۔ اما پوٚزٕ نیٚبے چھُ تہٕ چھُ کیاہ ! بہرحال چھُ یوہے اِحساس یِمَن ناولن ہُند موٗل تہٕ موٚزُ ، ییمہٕ ستی سوٚنہرس پیٹھ ناول

پھیر چھیہٕ پاسان ، باقین اُتھس ریٚویہِ کُنہِ چھِنہٕ نہٕ باغرِ پنٕ گاہ لوٚنہٕ

ہیلپوسنٖز بٕرٕنی در ہیتھی پوان ۔ یُتھ ہیٹھ اُسی پٔرنیچ یانہٕ پرنیچ ہاوکھ کمپے ہیُن گران چھ، ییلہٕ تم گامتی چھ آسان پھہر یہ تہٕ بدشوٗلی تہٕ چھیہ ذیٚہنہٕ ہیٚچھ نِہوٗر یہٕ پوان تہٕ تم چھ زوٗنہٕ ہندی پاٹھی سوٗیٚرٕ ی تہٕ صاف یاسان ۔

ووٗنی چھ باسان زِ ہیمیراہٕ فکشنس چھیہ گندٕ ٹھ خوٗصوٗصیتھ، یہ چھ انک یوٗمس علاوٕ مزاچہ کہٕ حِسہ نِش یُتھ روز نگ مطالبہٕ گران ۔ یہ چھ یُتھ بھیران ۔ لیوٚ دوٚے اُسہ یہ فاصلہٕ یُزہٕ دیُن زِ داستوٗ وسکی ہندی پاٹھی، چھ یہ بھیرٕ تھ ذیا یہٕ تہٕ لوٗسی ہیٹھ واتان ۔ یہ چھ پوٗرپاٹھی حقیقتھ پسنداہٕ آسان تہٕ یہ چھ اُسہِ منز نغمگ یا آوازِ ہند سوز وُزناوان ۔ یہ چھ فنتاسی نِش وکھر، تہٕ کیازِ اَمیک روٗح چھ کیٚنٕرس کُن ییلہٕ زن فنتاسی اُیتھ چھیہ نرٗان آسان ۔ ہیمیری ہند تجربٕ چھ اتفاقی آسان ییلہٕ زن فنتاسی ہند تجربٕ یادی نوٗئینگ چھ آسان ۔ ہیمیر چھ فنتاسی انگارس مُقابلہٕ کھوتہٕ زیادٕ روٗ منٕت آسان ۔ لیکھن وٕزٕ چھ سُے جذباتی طور خبر کور آسان دوٚتمُت یہ خوٗصوٗصیتھ چھیہ کیٚنٕژٕ نہ ناول نگارن ہند حِصہٕ ۔ ہیمیر چھُنہٕ عکس ہاوان تہٕ نہ چھ گران ٹھرُانے ۔

# ناول۔

## زندگی ہنز قلمی تصویر

زندگی چھیہٕ سُہ گگہٕ منزل یٚمیُک بٔڑی پھاہ لگِتھ ناول بارسس آیہٕ۔ دوٚیمین ادبی صِنفن مُقابلہٕ چھیہٕ ناول زندگی سبٹھاہ زیادٕ نکھٕ۔ انسانی تجربس اندرٕ یُس اوٚ یوٚد زانُنکُ امار چھُ، اُمارچ پہہ ترلیش ہوٚمراوُنہٕ بایتھ چھُ ناول نگارس حقیقتکُ سُہ وُنیب ( ILLUSSION ) پأدٕ کرُن یُتھ منز کردار تہٕ واقاتھ پرٕن واٲلس اِمکأنی درٕ ہیٚتھ ین۔ مشہوٗر ناول نگار چھُ اَتھی حقیقتس پھیرٕ دِوان لیکھان زِ "یُس تہٕ جان لیکھن وول (ناول نگار) تھاوِ ہٕنُن پان امکانہٕ کیٚن حدن اَندر اَندر۔ سُہ چھُ ہرچاڈ سُنس یتیٚ اتفاق کران زِ ہرگاہ ممکن آسہٕ ناول نگارس پزٕ رژر تہٕ بدی یمن دوٚشوٚنی متعلق حکہٕ نیرُن نش واماٗنہٕ بچاوُن تہٕ یہ طریقہٕ پزٕ تٔس کردارن متعلق تہٕ تہٕ واقاتن متعلق تہٕ پانہٕ ناوُن۔

دراصل چھیٚ یٚتھ کٔتھ ... ناول امکأنی حدن اندر اندر تھاوُن

باپتھ گژھہِ اتھ اندر زندگی ہندِ ن طور طریقن ، دوہ تھ بیتھ تہ تتہٕ تراوس
فنکارانہٕ اندازس منز جاے پٕنٕز دِنہٕ ، یُتھ اتھ بیچھ دوہ پرٲزی تہ زندگی ہِنٛش
ژھینہٕ آسنک الزام لاگنہٕ ییہٕ نہٕ ۔ کلارا ریوی ہُند خیال چھُ زِ امی طریقہٕ ہیٚکہٕ
قدیم رومانس ہندِ ن وصفن تہ شُنہٕ دٲری تہ جدید پہ ناولہٕ درمیان ہم آہنگی
پٲدٕ کرنہٕ یتھ ۔ ہاتھورن سند کیٛنہ چھپیہٕ ناول سیٹھاہ گہر وفادٲری ہنٛز
امکٲنی آسنک تقاضہٕ کران ، دوٚیمین لفظن منز گژھہِ ناول عام انسٲنی تجربس
نکھہٕ آسنہٕ ۔

موپاسان نس ہیوٚ لکھٲری لیُس سائنسی حقیقتہٕ پسندی کنہٕ چکارس
انان اوسنہٕ ، چھُ زور دِتھ وَنان زِ سہٕ خاص تاثر یُس ناول نگار کانٛھان
چھُ ، سُہ چھُ سیٚدِ سادٕ پُرزرُک احساس ۔ ٹرولوپ چھُ تجربہٕ بٕنٕز یاز بیچھ
بادان زِ " میہٕ چھُنہٕ باسان زِ کانہہ ناول کیاہ ہیٚکہٕ پُرنہٕ ییٚتھ سنسنی خیز اُتھ
پلوٚز شرط چھُ زِ بیانٕچ صداقتھ ، کردارن ہنٛز صداقتھ تہ انسٲنی صداقتھ ییہِ
ڈنجہٕ تھاونہٕ ۔

ناولہٕ اندر امکٲنی حدن ہنٛز نشاندہی کران چھُ ہینری فیلڈنگ
لیکھان :۔

" عملہٕ گژھن تژھہٕ آسنہٕ یِمہٕ نہٕ صرف انسٲنی دٲیرس اندر اندر
آسن تہ یِمن امکٲنی طور انٛ ن کرِتھ ہیکن ، بلکہٕ گژھن تِمہٕ تژھہٕ آسنہٕ
یُتھ گنِدن گرٕ تہ کردار یانے اند ہیکن واتناوِتھ ، تہ کیاز لیوسہ عمل اکی سندِ
دستہ عجیب تہ [illegible] الوق اسی سے کام [illegible] دوٚیمس [illegible] ناممکن

تہٕ ناقابلِ عمل باسنتھ۔

اَکھ آخری مطالبس چھ ڈرامائی نقاد کِردارن ہنٛز کتھ باتھ وَنان
تہٕ اَمہِ خاطرٕ چھیہٕ تھٔدِ پایہٕ لِبصیرتج ہنٛہ انسٲنی فطرتچ شنٛز زان تہٕ سنیٛنج
ضنوٗرور تھ۔

سیٹھاہ تھٔدِ پایہٕ لِکھارِ لو چھ پرتی پاٹھی. یِمہِ رایہٕ ہُند اظہار کوٗر مُت
زِ جوٗشس ہیٛکہِ نہٕ انسانس پٲنی پالسِ خلاف سیٛدِ سیوٗد مُخالف گژھتھ
بیٛتھ کٕنہٕ اکھ ژلہٕ ونی کوٗل بنیٛس رفتارس خلاف ناوِ تار دِیہٕ نہٕ۔ بہٕ کرٕ
یہٕ وَننگ تجربھ زِ اَگس انا نہٕ سندِ باپتھ بنیہٕ فطرتٕ خلاف عمل کرٕنی
چھیہٕ تیوٗت امکانہٕ دور، ہرگاہ ناممکن چھہٕ تہٕ حارتھ انگیز تیٚتھ زن
کانہٕ رٕ چیز آسہٕ لُس فِکرِ تُرٕ۔ مسٹر انسٹوینو ہسنٛزِ دلیلہِ ہُند بہترین جھپہٕ
گژھیا نیرِ وہس مئیِٹِن مرِنہٕ کِنہٕ نیرِ وِ ہسنٛزِ زندگی ہندی رد واقاتھ
گژھن انیٹوہس رَرِٹِ زد کرٕنی۔ یِمو دوہو یُو مثالو کھوتہٕ کو بہٕ کتھ ہیٛکہِ
تُرٕ ھ آسنتھ یِیمہٕ ہِنٛز زبردس صدمہٕ واتہٕ۔ یِیلہٕ زنٕ دوہ شوٗرے کینٛہہ خاص
فردن سِتی وابستہٕ چھیہٕ تہٕ یُرٕ کٕنہٕ چھیہٕ وِکھٕر۔

سٲنی جدید طربہِ لیکھن وٲلی چھِ تِمہٕ غلطی ہندی مُشکار گاہتہٕ
یتھ کُنہٕ بیٛتن اشار آوکرٕنہٕ۔ تہندی ہیرو چھِ عام طور گوڈنکین
ژھون ایکٹن منٛز بدنام غُنڈٕ تہٕ ہیرو بنہٕ منسا وِمرٕ تاشہٕ دٲنی جوٗر مگر
یوٗنٛسرٕ ہس ایکٹس منٛز چھِ ہیرو شریف النفس مرد تہٕ ہیرو ینہٕ شلہٕ
شانشرٕ نہٕ تمیز دار بنان۔ مُصنف چھہٕ اکثر فراخدل بنتھ پالسں

پہ تکلیف دِوان زِ سہ دِیہ ہے یِژھ زبردٔس تبدیلیہ تہٕ ناٲسناسب آسنٕس واتھٕ۔

یمن کینژن پابندین ہندِس دایرس منز گژھہِ میانی کِنی پرِتھ لیکھن واٲلِس وِبھٕرنٕس تہٕ عوجٕ تتھ حدس تام کام دِنی ییٚنہِ یوٗت نٕس نوشِ کر، او! ہرگاہ سہ یتھ کِنی اعتبارکین حدن اندر روٗد سہ ہیکہِ پرن واٲلین حاران کٔرِتھ تمی سٕند توجہ پانس کُن پھِرِتھ کٔرِتھ زیادٕ شادمان ییتھ کِنی زن اکھ نفٕد پاییگ جلینس باتھ وسکس پوٚنترِس بالِس منز چھُ باوان:۔

"تمام شاعری ہُند عظیم فن چھُ پرزِ فکشنس ستی ہلٕ ناوٗن یتھٕ زن قابِلِ اعتبار تتھ ستی جوڑنہٕ ییہ یہ حاران کرٕوٗن چھُ"

بودوے پرِتھ جان لکھاری مکانکین حدن اندر اندر روزِ مگر، ییمہ کتھ منز چھنہٕ کاہہٕ پابندی زِ تَسندی کِردار، باواقاتھ فرسود، عام تہٕ بازٲری آسن، تی یہ زن پرِتھ کو چِس منز چھُ سیدان یا پرِتھ گرِس یا اخبارکِس دفترس اندر رہٕ گژھِ تتھی وارِیاہ شخص یا چیز یتہٕ بٔنِس تحریرس منز اُنن یمن ہُند تمی سٕندس پرن واٲلِس وفٕنی آسہٕ یہٕ۔

ہرگاہ لکھاری بیان کرِی تِمن قاعدن ییتھ پابندی سان عمل کرِ تمی کوٚرِ تمِن فرض ادا، امہِ بٔنہِ چھُ سہ پرن واٲلِس تِمش پرِژھ ہُند حقدار، یُس یتہٕ وفادار نہٕ آسنک زرِ لکھنہِ ہرگاہ سہ لیکھن واٲلِس پرژھ کرِ نہٕ:

نفیکرے چھُ ناوِل زندگی ہُند اُنہٕ خانہٕ مٔنزِ کی وُچھِتھ ونان زِ

ناولہٕ ہُندٕ فن چھُ فطرژ ہنز پیش کاری۔ یِمَن بیانَن وِرژھنے کران چھُ
تمیٕ ڈِیوڈ ہیمس ہُندٕ نادِ اَکِس خطس منز لیوکھمُت:۔

"ناولہٕ ہُندٕ فن چھُ فطرژ عکاسی۔ یہٕ جذبہٕ یُوت شِدتہٕ سان
باوُن ییمیک واتھ حقیقتس ہنز آسہِ المیہ ہَس، نظمس یا شاہکار ڈرامہس
منز چھو تہُے مختلف جذباتھ وۄتلاوٕنۍ منز کران، صورژ چھیہٕ نژان پھیران
تہٕ تہندی لفظ بیہودرانہٕ اندازس منز گرزن۔ مگر ڈرائنگ روٗمس ڈرامہس
(ناولہٕ) منز چھُ کوٹ کوٹ تہٕ درٛ کرُن دٕر کرُن تہٕ میانہٕ اوٚصولہٕ موٗجوب
گرژھہٕ یہٕ یِیہِ کیہنہٕ آسُن، نہٕ تھوٚپہٕ کڈِتھ چوغہٕ، نہٕ نہٕ لوٚت نار ہیوٗ ہتھیار"
ننژس منز حقیقتہٕ نگاری ہنز تحریک چھیہٕ آرنالڈ کیٹلِ ہندی کنہِ جاگیرداری
ہندِ ختم گژھنُک اکھ لازمی نتیجہ یہٕ چھُ تمہٕ انقلابُک حصہٕ یمہٕ جاگیردارنہٕ
دُنیاہ بدلاوِتھ تھوو۔ ایمان واٹ چھُ زور دِتھ وَنان زِ دوٚیمین ادبی
گرٛھن مقابلہٕ یُس مسلہٕ ناول نگارن زیادٕ شِدتہٕ سان وۄتلاوان چھُ،
سُہٕ چھُ حقیقتس تہٕ ادبی کارنامَن منز ہشرک مسلہٕ یَتھ یہٕ نقل چھُ
کران، نہٕ کیاز تہندی کنہٕ چھُ یہٕ ژرٕ زِ رسیلُک مسلہٕ؛

میریم ایلٹ چھیہٕ واٹس متعلق بحث کران لیکھان۔

فلسفہٕ چھُ اکھ چیز تہٕ ادب بیاکھ مگر ایمان واٹ ہنز وِرژھنے
چھیہٕ ادبس منز تبدیلی ہندِس ضرورتس پیٹھ زور دِوان تہٕ خارجی،
سماجی تہٕ عوامی بیہکوٚسن پیٹھ زندگی ہندِ روح پھرِتھ یُس زن کلاسیکی
دورس منز مروٗج اوس آو یہٕ روح تور کُن پھرنہٕ یُس ژوٚر داخلی،

اِنفرادی یَتھ پسند پتہ ذاتی چھُ۔ عوٗبوٗری دوٗرُک تالُق اوس خود اُرداہ ہمہ صدی
ہس۔ یہ فلسفیاتہ نہج زِ پنہ رُک تلاش چھُ پوٗر پاٹھۍ اکھ ذاتی مسلہ، ایمک
تبادل چھُ ناولہِ اندر کلاسیکی دورُک رِلوایتی پلاٹ تہ اجباکہ دوٗرکی رزمیہ
رُد کرِنی سُہ چھُ لیکھان:۔

"ڈیفوٗنہ رِچاڈسن چھِ ساٗنی گوڈنکی عظیم لکھاری۔ یموٗ پنُن پلاٹ
دیومالایہ، تواریخ، داستانو یا پرانہ ادبہ منز اُنی تہ اکھ مالس منز چھِ تم
چاسر، سپنسر، شیکسپیر تہ ملٹنس نش مختلف"۔ دراصل ہیوٗت
اِنفرادی تجربن مُشترکہ رِلوایتک مقام حقیقتکِ ثالثہ کنہ رٹن۔ ارداہمہ
صدی ہندیو ناول نگارن ہنز کِردار نگاری روٗٹ فلسفیانہ رنگ تہ
انفرادی شعورس تہ پچھان کرنس پیٹھ دِتکھ زور۔ چنانچہ فیلڈنگن
دِنی پننین کِردارن تھزناو یمہ خاص فردن ہم کال سماجی ماحولس اندر
اکھ خاص وجود بخشن۔ یُرر چھُ یہ زِ مزاجہ خاص خصوصیتھ چھیہ
کِردارس منز ناول نگارہ سنز دلچسپی منز ہُر کرِتہ تبرزر کران۔

ناولہ اندر پزر چ باوتھ کُس اظہار رزِ تھ متلق چھُ داستنو سکی
پننین خیالن ہنز باوتھ کران لیکھان:۔

"فنس متلق چھُ مبہ پننُ تصوُر تہ سُہ چھُ ہمہ کُنی" اکثر لوٗکھ یتھ
وبکھمت تہ سہمہ گیری انشی دوٗر چھُ باسان تی چھُ میہ پزرُک ہرتر
لبنہ پوان۔ دوہہ ہمیشہ چین عام گنھن بیہ منز مُشاہدہ چھُ میہ واریاہ کال
بردہ یہ حقیقتہ نگاری ہندہ دائرہ منز گدٗ تھ زھنمت۔ یہ چھُ بلکل

اَکھ ادلہٕ بدل۔ کانہہ تہٕ اخبار اُکھس کیتھ نٕکھٕ چھُ انسان موتبر حقیقژن
ہنٛز آگاہ سپدان یم انسانس سٹھاہ اہم آسنہٕ کِنۍ اثر چھِ کران۔
ساَنۍ لیکھن والۍ چھِ یم چیز دِیکھتی زانان تہٕ چھسہٕ اورکُن توجہ دِوان
مگر حقیقژ آسنہٕ موکھہ چھپیہٕ یمن ہنز حقیقتھ پننہٕ جایہٕ قایم۔ پوز یمن چیزن
ہُند مشاہدہٕ کرنُک، لیکھنُک تہٕ بیان کرنُک تکلیف کُس چھُ تُلان؟ یمہ
کتھ چھپیہٕ پرچھ ددہ، یہ پرچھ بَرتنہٕ سپدان تہٕ اَمہِ کِنۍ چھپنہٕ غار موٗتوٗلی۔

داستووسکی ہُند وَنُن چھُ زِ ناول نگارس چھُ عام زندگی ہنٛد
سوٗکھہٕ ہنٛش کھووٗد کھسیتھ تھٕہن واقن سنٛز یم پرچھ دفعہٕ سپدان چھِ
مگر یمن کُن سون توجہ گژھان چھُنہٕ، سُہ پرزنٛس پننہٕ جایہٕ ڈجہٕ چھُ مگر
عام وُچھن والین یُتھ پرزرس سام چھُنہٕ ہیٚنٛز نگان سے پرزرکا یہ اُتھہ
بیان کرُن چھُ ناول نگارس اکھ انفرادی ییتھ بخشان۔ ناول نگاری ہُند
مُطالبہٕ چھُ داستووسکی ہُندی کِنۍ اَدیوٗد وٕ تہٕ اَناوُن سنز زِ تہٕ یہ چھپِن تہٕ
تہٕ تی پیش کرُن۔ یہ زِ چھُ یہ زِ داستووسکی ہنز کامیابی ہُند لوٗڈ راز چھُ
یوٗہے ادیوٗد پرزر ہنٛس فنس منز شرٛوٗ پراوُن۔ اُتھی بُنیاز پیٹھ دِتی متی
دُلہٕ ہنس تم شاہکار چیز یم واَنہٕ بدن ساَدر وار روزن۔

گسٹاو فلابرٹ چھُ اُتھی پرزرس دوٗ یمہٕ طریقہٕ زلوٗ دِوان اِداں
ترگنیف سُند ناچ اُکس خطس منز چھُ تمیٚ لیوکھمت۔

"بنالیس متعلق چھُس یہ نہٕ بلکُل تھٕنے کِ سوچان یتھہٕ کِنۍ زِ سوچان
چھُکھ یتھ چھُ جور روٗس صرف مُشاہدہٕ کرنٕس لوٗن چھُ کافی

اَسہِ یہٕ وُچھُن چھُ اَسہِ پَزِ نتھ شکل تہٕ صوٗرتھ دِنہٕ۔ میانِ کِنہِ گژھہ حقیقتھ سپرنِگ بورڈ (SPRING BOARD) آسنہِ۔ ساںٛہِن دوستن چھینہٕ پَزنہٕ صرف اَکے مولوت تالُق چھُ رازپے ستہٕ۔ یہٕ ماڈ ییتھ چھینہٕ میہٕ خواتس گژھِ گریچھ کرناوان تہٕ پرتھ ژنبر روارِ بیلہِ یہٕ زولابندی ادبی مضموٗن پَران چھُس میہٕ چھینہٕ ژکھ یہٕ ڈٕپزِ تہٕ سٔرکی کران۔ حقیقتھ پَسندو بیتہٕ چھِہ فطرتھ پَسند تہٕ تصور پرست۔ یہٕ کوسہٕ ترقی چھینہٕ۔ یکواسن ہتہٕ اکھ کیٛو ہم پالنس بیٹھ پزہ بیہنادنچ کوشش چھِہ کران تہٕ اَسہِ تہٕ چھِہ سنہٕ وُکھان نِ تموکیاہ چھُ روٗم ذٔریاف کورمُت"۔

کَنہٕ وَنک یوٚدوَے سارِنے بڈین ناول نگارن پننیُ انداز چھُ مگر ہم سأری ذٔریاد چھِہ چھیکرس کرِ نتہٕ کنہِ سنگس بیٹھ اکھ اَکس سنہٕ رلاوان تہٕ تتھ جینرس دوٚبوٚدبخشان یتھ اکی ناول چھِہ وَنان۔ فلابرٹ یوٚدوَے زولابندی تحریرِ وُچھتھ ژکھِ گژھان اوس مگر زولا تہٕ چھُ ہینہٕ کنہٕ وُنتھ کینژن اہم کتھن کُن سون توجہٕ پھران، سُہ تہٕ چھُنہٕ چھُراہ نقل ناولہِ ہند مادان زانان بلکہ چھُ ایجادکاری ہند قایل دریٹھو لوان۔

اَسہِ فطرتھ پَسندن یتھ کھوٚلنس ژھوٚٹہٕ انبارس تل تم دوٚبراون تہٕ پِچ ہنز یاد چھینہٕ سوہ خاہش ییمہِ موٗجوب سون منصب چھُراہ عکاسی چھینہٕ۔ اَسہِ چھُ ہلیہٕ اعلان کورمُت زِ اَسہِ چھُ فنکارس ہند منفرد مزاج آسُن تہٕ لیم کورمُت تہٕ لتھ گژھہ انفرادی یاوُتھ پلہِ آسُن تم چھِہ

عام زندگی نکھ ڈکھ اَستھ تہٕ پرٕن واَلِس سونچناوِ تہٕ تجربن ہنٛز رنگارنٛگی عطا کرِ ،
حقیقت نگاری چھیےٚ یژ مگر ناول نگار یوسہٕ حقیقت پیش کرِ سو چھیےٚ عام حقیقتہٕ
ہنٛش ہن کھنڈ بالا آسان تہٕ یوٚ ہے چھُ سُہ وصف یُس اَکھ منفرد چھُ بناوان۔
موپاسان ہندی کنِ چھِ حقیقت نگار دراصل سرابن وٕنی دِنہٕ والین ہنٛز
گرتہٕ منٛز لیوان۔ چنانچہِ تُہند تجربہ چھُ:۔

" زٕھوٚڈ پاٹھی بیلہٕ زٕن راتھچ ناول نگار پننہٕ پانچھ زندگی ہندِ بُجراخ
باوتھ موضوع کنہٕ ترٛاران اَسی۔ دِلکہٕ تہٕ زُہکی شدید تجربہ چھِ اُز کُس ناول
نگار تُہند ماَدان ۔ سُہ چھُ عام حالتس منٛز دِل ، دِماغ تہٕ ذہانتھ پننہٕ ماَدان
بناوان۔ اثر پاَد کرنہٕ باپتھ چھُ سُہ شوٗرٕ حقیقتن ہند احساس کانٛچھان تہٕ
فنکارانہٕ اُصولن پیٹھ زور دِنہٕ موکھہ یُس سُہ اَمی اَندر وہ ملان چھُ برٛتھان۔
یانے رٕنچ باوتھ یہ زٕن لس بروہہ کنہٕ ہم کال انسان چھُ اَمہ خاطر گژھہ سُہ
صرف سہٕ ترٛھن حرکژن اظہار بخشُن یمہ مستقل آسن تہٕ یمن پیٹھ اوٚنچہِ
وہ کھن پہٕ۔

مگر حقیقت نگار فنکارن ہند نوقطہ نظر پیش کرنہٕ وزِ چھُ ضروٗری
زٕتھند سس نظریس پیٹھ سپدِ بحث ، یُس موخصر پاٹھی ییتھ کنٛی باوِنہٕ
ہیکہٕ ییتھ " ساَرے حقیقتہٕ تہٕ حقیقتہٕ ورائے تہٕ بیٚیہ کینہہ "۔

اَمہ کتھہ کنِ زِتمن چھُ دوہدِشچہ زندگی منٛز کینٛژن تہٕ بدولہٕ ونین واقعاتن
ہُند فلسفہ بارسس اَنن ، اَتمن پین ہشر آسنہٕ موجوٗب اکثر واقعاتھ بدلاونی
مگر اَمہ خاطر پیٚیہ تمن حقیقتس ہوٚٹ ہیرُن تہٕ کیاز کنہٕ کنہٕ ییکہٕ پرٛسرناوُن درینٛھہ

پتھ۔ حقیقت نگار ہرگاہ سُہ فنکار آسہِ نہٕ تھاوِ ہ اُسہِ بروٚنہہ کنہِ سیٚدٕ سیٚود زندگی ہُند فوٹوگراف تُلِتھ ہاوِ امیک اکھ جلوٕ تٔس بر پوٚر آسہِ۔ تٔس زیادٕ صاف پہٕ پزر کھوتہٕ زیادٕ پوٚز باسہِ۔

پرتھ چیزُک بیان چھُ ناممکن، تہٕ کیازِ اُسہِ بیٚیہِ اکہِ دُہکی کُنٹیٚ تہٕ غارا ہم واقاتھ پیٚو ہستیوسی زندگی ترٛاوِ پرِتھ چھیٚہ، لیکھنہٕ باپتھ اکھ اکھ باگہِ بر تُرتھ کتاب لیکھنُک ضروُرت دٕرتھ۔

یہ کتھ دأبرتھ چھیٚہ تہٕر ضرورٕری۔ تہٕ یہ چھیٚہ مکمل پزر ہُرگس نظریس گوڈٕ نہٕ چیاتھ۔

اُمہِ ہُرکیاہ چھیٚہ زندگی مختلف عنصرن ہنز بیٚنہِ مرِہم اکھ اُکس نِش بلکُل وکھر چھِہ۔ اکھ منز چھِہ تم چیز ییمن ہُند تصوُرے چھُنہٕ، یم متضاد تہٕ اَن ہیٚتِ چھِہ۔ یہ چھیٚہ سخت، بیٚہ رلط، بیٚہ وُطیر۔ یہ چھیٚہ تباہی ہِستی ترٛاوِ پرتھ، بیٚتھ وِرٛ ھنے تہٕ منطیق واٹھ دِ پہٕ نہٕ تہٕ بیٚتھ کانہہ ہِشر چھُنہٕ یہ زندگی گژھہِ منتفرق واقات ہندِس عنوانس تَل یکہِ وِٹہٕ ہیٚنہ کمرنہٕ۔

اُدے ییمہِ ساہ تہٕ فنکارن پننہِ پسندٕ موضوٗع ژُدرمت آسہِ تٔس پُزنٕ اُمہِ زندگی نِش ژٕار کرٕنی، یوسہٕ واقالو تہٕ کُھر لوٕ ستیٚ پُرتھ چھیٚہ تٔس پزن صرف تِمے خاص تفصیلاتھ ژٕارٕنی یم تہندہِ مرکزی خیالہٕ باپتھ مُناسب آسن تہٕ باقیے سوٗرُ ے، ساری حادیثہٕ پرٕنس مُناوٕنی۔

یہ دِمہٕ ییٚتِتھ ساہ وادومنز اکھ مثال۔

ژتھ دُنی یہس منز یم لوکھ دوہدش حادیثن منز مران چھِ تہند

تیلاد چھُ اُچھنٛن پُن لایق۔ پۄز اَسی ہیٚکوا ڈیلہٕ منٛز یِتھۍ کُتھ ہُند اجازتھ دِتھ نہٕ مرکزی کِردارس اکھ نوٚو ناو دِتھ یاسہٕ ہیٚکوٚ نہٕ گاڈِتھ تٔرِتھ تہٕ بہانہٕ کرِتھ نہٕ اَتھ پٮ۪تھ حادثن ستۍ بیش آمتیٚن باطن سٮ۪تۍ انصاف کرُن۔

بیماری چھیٚ زندگی پٮ۪ٹھ یتھ چیٖزس ستۍ اَکھ سوٚنہٕ بیٚٹھ بیش پیوان۔ واقاتن زایِن دوان یا تِمن گنڈ روٚس نہٕ بچھر دِوان۔ اَکھ مقابلہٕ چھُ تِمن احتیاط تہٕ تیاری ہنٛز ؤنہٕ بدکۍ ٹلُک ناد۔ دوٚیمہِ بازی ہُند اہتمام اَندرکۍ اَندرکۍ تبدیلی یم چیز چھہِ اہم واقعاتھ ہیٚتھ صرف لیکھنٕچ ہوٚز ستۍ گاشراونہٕ پیوان۔ یِمہ ستۍ باقے سارِنی چیزن بیٚٹھ تِہندِ اہمیتہٕ موجوب زور چھُ پیوان دِنہٕ۔ یہ سوٗرے چھُ سہٕ خاص تاثر وتلاونہٕ موکھ پیوان کرنہٕ یُس پوٚز پیش کرنہٕ باپتھ انسانی یرژھان چھُ۔

پوٚزہاونہٕ موکھ گژھِ اَفے انسان واقاتن ہُند عام منطقی بانہٕ نادتھ اَمیک مکمل فریب پاراوُن۔ یِمہٕ کنٛہ گژھن نہٕ عولامہ ہندی پاٹھۍ ادبی کھوٚسر لیکھنہٕ لیکھنہٕ ییٚنہٕ۔

یہ سوٗرے ؤنِتھ چھُس یہ نتیجہ کڈان زِ ذہین حقیقتھ نگارن گژھِ ورگہٕ سراب پسند ناوُن دِنہٕ!

ناول چھیٚ پزی کِنۍ زندگی ہنٛز تصویر مگر یہ چھیٚ مُرژ گری نہٕ زِ فوٹوگرافی تہٕ اَتھی جایہٕ چھیٚ سو فرق تٔمۍ نیران یُتھ کُن مختلف ناول نگارو پننین تحریرن منٛز اشارہٕ چھُ کوٚرمُت۔ چنانچہِ ہنری جیمس چھُ ناولہٕ ہنٛز خانہٕ بندی کران وٗنمان زِ ناول نہٕ رومانس، واقاتی ناول تہٕ کرداری ناول۔ یہ خانہٕ بندی

چھیہٕ میانہِ کِنہِ تعاددٕ تہٕ پرٲنۍ والیو پننہٕ آسایشہٕ موکھ گرمژ، یُتھ تم مُشکلاتو
لِنہٕ موکجار پراوُن"۔ اصل کتھ چھیہٕ یہ زِ ناول چھیہٕ ناول، مصور ہندِس
تخلیقس منز کھتہٕ بیومتۍ سہٕ اہار یُس کینواسس پیٹھ کاڈ کڈان تہٕ
اکِ نوٗ دُنیہِ ہِنک باس دِوان ۔ رابرٹ لوئس سٹیونسن چھُ ونان زِ انسانہٕ
ہنز زندگی چھیہٕ ناولہٕ ہند موضوع بٔڈ کرِ سہٕ لا انتہا دُنیاہ یَمہٕ اندر موضوع
چھہِ ژارنۍ، یہ چھُ اکھ بوٚڈ تعداد تہٕ پریتھ نوٚس موضوعس سۭتۍ بدلاوِ پوٚز
لکھارۍ سٕنز طریقہٕ تہٕ تناہ ۔ تہٕ یہ اکس جایہ شوبدار ہند تناہ اوس
بیٚہ دوٚیمہِ جایہ نوقص، یِمۍ چیزن اکس کتابہِ زندگی دِژ سۭے چیز ہیکہِ دوٚیمہِ
کتابہِ منز بیٚیہ مرِ تہٕ غار مُوثر بٔنِتھ"۔

زندگی ہندِ مادایہٕ ژارِتھ کرِتھ مُناسب واقعاتھ تہٕ کردار چھِ ناولہٕ وجود
بخشان۔ مگر سو زندگی یُتھ کُنہِ اندگنڈ چھُنہٕ ہیکہِ نہٕ ناولہِ ہنز سیر کھاٚلِتھ ۔ ہرگاہ
ناول نگار سیدِ سیوٚد زندگی ناولہِ منز پیش کرِ تُسند تخلیق کارۍ ہند جوہر
رُکھ کُنۍ دِیہ چہارِ تہٕ تُسند کیاہ دیت آسہِ عام پرٲنۍ وٲلِس ۔ دوٚیمبین فنکارن
ہندۍ پاٹھۍ چھُ ناول نگار تہٕ زیادٕ حساس تہٕ نظر باز آسان تہٕ یہے نظر بازی
تہٕ انچاچ ریٚہ چھیہٕ تَس واقعاتن تہٕ کردارن ہنز شیرِ ژارِ کرنَس منز ڈکھ
کران ۔ اَتھ سِلسلس منز چھُ فرینکوئیس مورک لیکھان:۔

"اسہ چھُنہٕ یہ زانُن زِ ناول نگارس پزیا کینہٕ پزہٕ تہٕ بدۍ ہند اکھ
معتبر گوشہٕ پیش کرُن ۔ اسہ نوٚقط چھُ یہ زانُن زِ تِمہٕ ساتہٕ کُنہٕ کھنڈرس
پیٹھ چھُ سہٕ یِمہِ وِزِ سہٕ پیش چھُ کران تہٕ تُسند فنن تہٕ تُسند رُح

چھا تیوٗت شوٗد تہٕ صاف زِ شہ کرِ چشم پوٗشی ورٲے اَرچ باوَتھ۔ یوٗت زیادٕ
جدید ناول انسٲنی دوہکھن منز ووہ کھ چھیہٕ تراوان تیوٗت زیادٕ چھُ ناول
نگارس پننش بالا اِنسٲنی خوٗبیَن ہُند مطالبہٕ سپدان۔ مثالہٕ پاٹھۍ پرادسٹ
سنز ہنش کتاب لیکھنہٕ باپتھ چھیہٕ سینٹ اگسٹاینہ سنز ہنش باطنی روشنی
آسنچ ضروٗرت رٲژھ۔ بد قسمتی کنۍ چھُ ایمک اَدلہٕ بدل سپدمُت تہٕ اَسۍ چھِ وُچھان
مُشاہدٕ کرَن وول تہٕ مُشاہدُک چیز۔ ناول نگارتہٕ تسُند موضوٗع۔ اکھ
اَکِس ہُند والنس بنتہٕ ۔۔۔۔ تاہم چھُ میون نظریہ زِ تجربہ کار سنز ژھٕکٕ کیپٹہٕ
رنش چھیہٕ ناول نگار سنز ژھکٕ کیپٹھ بلکلُ الگ۔۔۔ تہنز کام چھنہٕ زندگی
وُچھنۍ بلکہ زندگی تخلیق کرٕنۍ۔ سُہ چھُ زندلوکن ڈُنۍ ہیس برونہہ کُن اَنان۔
سُہ چھُ پریشان تہٕ گژھان تہٕ اکہٕ چالہٕ چھُس پننہ شخصیتھ تھٕکٕ کارنامس
اندر راوان لیُس تمہِ باپتہٕ تخلیق چھُ آسان کوٗرمُت تہٕ تسنز پہچان چھیہٕ اکھ
عسنی نبوٗت دٕٲر وانان زِ سُہ چھُ پانے پننہ تخلیق بنان"۔

# پۆت وۆتُر

ناولہٕ مُتلق یہٕ موخصر کتاب یۄدوَے کُنہٕ پاٹھۍ مکمل آسنُک داوا
ہیٚکہٕ نہٕ کٔرِتھ مگر یہٕ کیٚمہٕ تہٕ چھیٚ ہیٚنہٕ جایہِ دایہِ ڈ لایق زِ اَتھ اندر چھیٚ کم کاہ
رٔتہٕ سارِیے کیٚنہہ وِرٛدھناونہٕ آمٕژ یمَن ہُند تالُق ناولہٕ سِتۍ چھُ۔ کتاب پٔرِتھ
ناولہٕ تہٕ اَمکیٚن مختلف گوشَن مُتلق زانکٲری سپدِ ڈ چھُ سون مقصد تہٕ
میٚہ چھُ یقین زِ کتاب چھیٚ ہیٚنہٕ مقصد کامیابی سان پوٗرٕ کران۔ یہِ کتھ
چھیٚ گوڈے کھوکھلاوِتھ آمٕژ ونہٕ زِ ناول چھیٚ مشرقَس مغربُک دیُت
تہٕ بیٚیہٕ عظیم ناولہٕ مغربس منٛز دُنیکتام لیکھنہٕ آیہٕ۔ تمہٕ پاپچہٕ ناولہٕ چھیٚ دُنیہٕ
مشرقَس منٛز نایاب۔ یۄہَے وجہ چھُ زِ ناولہٕ ہیٚندِس تنقیدس مُتلق
چھُ مشرقَس بوٗزی تھے مواد دُسریاب۔ ییٚمہٕ موکھہٕ لیکھَن وألس مغربی آگرن
وۄن دِنہٕ وَرکے کاہنہٕ چارے روزان چھُنہٕ۔

یوٚتام زَن کأشرِکۍ تالُق چھُ اَتھ منٛز چھیٚ ناولہٕ ہنز وأنس
جمُو جمُو اَتھ دوہ تہٕ ناولَن ہُند تیداد چھُ اوٚنگجہِ ٹینٛڈ ین بیٚٹھ گنٛزرُن
تہٕ گوٚبُے، گوڈٕکو پہٕ دَتھ چھیٚ کأشرِس منٛز ناول بیٚچھنس۔ ناول چھیٚ
منگ آسنُک نتیجہٕ آسان تہٕ کأشرِس کو یہٕ ہنگ چھیٚ تہٕ کُس
بازر چھُ۔ یوٚزٕ داہ داہ چھیٚ تبدیلی لوان تہٕ بیٚش حال اَز بروٗ ہنہ

داہ ڈُری اوس شہ چھُپہٕ ازتہٕ برونہہ کُن چھِہٕ حالانکہ بیترِ ہیدِ نچی دوہیدہ۔
بیہ کرِ کتابہٕ منز کم کھوتہٕ کم مثالہٕ دِنچ کوشش مگر ییٚمنن مجبوری
ہیٚیمَ تَنتِن کرَم مغربی ناولہٕ ہنزِ ے مثالہٕ ہیٚش تہٕ وجہہ چھُو تو ہہ سارنے
پالنش موٗلوٗم تہٕ میانہٕ وُنچ چھِہٕ کانہہ صنوٚر ژُر رکھ۔

# کاشرِ ڈیپارٹمنٹچہ کیٛنہہ کِتابہٕ

| کتاب | مصنف |
| --- | --- |
| کاشرِ ادبُک توارٖیخ | ناجی منور ، شفیع شوق |
| ریشِت تہٕ ساٗنۍ زٕنیش | رشید نازکی |
| جدید کاشرِ شاعری | ڈاکٹر حامدی کاشمیری |
| کاشُر ہندی ریڈر | ڈاکٹر ٹی، این، گنجو |
| کاشرِ لُکہٕ تھیٹر | محمد سُبحان بھگت |
| ادبی اصطلاح | غلام نبی فراق |
| نصیاتھ | عبدالغنی مدہوش |
| نثرِچ کتاب | ترتیب:- ڈاکٹر رتن لال شانت |
| نوٗشارٕ سوٗمیرن | ترتیب:- غلام نبی فراق |
| کاشُر شوٗمت | ڈاکٹر بدری ناتھ کلا |
| تہذیبُک توارٖیخ | ناجی منور ، شفیع شوق |
| ادحال نامہٕ (جلد اکھ) | چمن لال چمن ، بشیر اختر |
| ادحال (جلد زٕ) | ڈاکٹر آر، کے، کاو۔ ڈی، این شاستری |
| تصوف ، اکھ تعارُف | غلام محمد شاد |
| کاشرِن مُسلمانن ہنٛدۍ رسم تہٕ رلِواج | غلام محمد خان |
| کاشرِن بٹن ہنٛدۍ رسم تہٕ رلِواج | سوٗمناتھ پنڈت |

| | |
|---|---|
| کٲشیرِ منز بُدھ مت | جے، این، گنہار |
| رٕ پہ بھوانی | سومناتھ پنڈت |
| سنگلاب | ترتیب :- رحمٰن راہی، شفیع شوق |
| کٲشرِ ہندی تواریخ دان | پروفیسر ایس، کے، کول |
| قدیم شاریاتس کاشرِ | |
| ہُند دیُت | کے، این، در |
| فصلن ہندی کیٚمو کرِپل | |
| پتہ ہتھند ندورک | ڈاکٹر نورالدین ریشی |

# اِنہارٕک خاص شُمارٕ



شیخ العالمؔ نمبر

کاشُر ادبُک فکری پوٚت منظر

اَدبی تنقید ع ۱

اَدبی تنقید ع ۲

اَزٕچ کاشُر شاعری

تحقیقی رسالہ

رسریت تہٕ ادب

کاشُر زبانی ہنز بناوٹھ

# REFERENCES

1. E. M. Forster, Aspects of the Novel
2. Miriam Allot, Novelists on the Novel
3. Ford Madox Ford, Joseph Conrad. A personal Remembrance
4. Andre Gide, The Journal of Andre Gide Volume III.
5. Anthony Trollope, Autobiography.
6. George Sand, Correspondence.
7. Gustar Flaubert, Correspondence.
8. Anton Chekhov, Life and Letters.
9. Ian Watt, The Rise of the Novel.
10. J. B. Priestly, Literature and the Modern Man
11. University Encyclopaedia
12. Encyclopaedia of Literature
13. Encyclopaedia Britanica
14. R. A. Solt James The Making of Literature
15. G. S. Fraser The Modern writer and his World

